# کورٕ کاکُد گوم پُشرِتھ

شعر سوٚمبرٕن

شاد رمضان

کتابہِ ہُنٛد ناو : کوٗر کاکٕد گوم پٔشرِتھ
تخلیق کار : شاد رمضان
سرورق : جمیل انصاری
کمپیوٹر کمپوزنگ : UCC کمپیوٹرس
منٛدرباغ، سرینگر 9906491276
گوڈنیک چھاپ: دسمبر ۲۰۱۱ء
تعداد : ۵۰۰
مول : 500 روپیہِ
پبلشر : مصنف
چھاپ خانہٕ :

کتاب میلنُک پتاہ:
- کشمیری ڈپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی حضرتبل سری نگر
- کتاب گھر، مولانا آزاد روڈ، سرینگر

# اِنتساب

پننبن دون لختِ جگر زُربن
سیّد بختاور شاہ
تہ قاضی شہوار ہسندِ ناو
یِم مےٚ پراں لیکھاں وُچھِتھ
یاں تہ سوالیہ نشاں بناں چھِ.....
یا تہ سونہٕ تھٕرِ پوش پھولاں چھِ۔

•

گرزٕھ خُدا بوٗزِنِ پھوٚلِن باغَن بیا بانَن گلاب
چاک ظُلماتن کرِن پرٕزلِن نبس پیٹھ آفتاب

شادؔ رمضان •

اکھ کوٗرٕ کاکُد گوم پُشرِتھ زوٗرٕ دۄپُن پرٕ
اند واتہٕ کرٕ امہِ گُہلِہ وَنہٕ مٔنزٕ روت سفر میون



نَہ ژھوکان چھِ اچھرٕ آگرَ نہٕ کران قلم جوابے
یوس تَشنہٕ رۄز وأنسَن یِہ چھنہٕ ترِتھ عجب کتابے

# ترتیب

ا

شاد رمضان زبوٗانان لفظن چھُ بخشان مُشرفی
فلسفس معنے کڈان باسان چھ زن کانہہ فلسفی

اِستعارن تے علامژن زَن گران سَرتلہٕ چھُ سوٗن
تھوٗد مُقررِ فکرِ تاران کَتھ اشارن منز خَفی

سیفی سوپوری

# گوڈٕ کتھ

گَس حساس قٲرۍ یس چھُنہٕ خبر زِ شٲعری گژھِ مقٲمی کنٛ علاقٲیی سرحدو نیٖرِتھ آفٲقی وُسجار پرٛاوُنۍ تہٕ شٲعر گژھِ حقیقتُک ترجمان بٔنِتھ انسٲنی صورتِ حالُک اَنہٕ ہاوُن۔ شٲعرس چھُ پننس شعورس، تل شعورس تہٕ لا شعورس تام تِتھ کُنٛز واتنٛیار آسان تہٕ یتی کُنہِ واقعس تجربہٕ بناونُک تیٚتھ وَل بدس آسان یُس نہٕ عام انسانس اَستھ ہیٚکہِ۔ واتنٛیار ہیٚکہِ کانٛسہِ بیدار حس شخصس تہِ اَستھ، اماپوٚز سُہ ہیٚکہِ نہٕ پننس تجربس تہٕ تجربس منٛز ووپدن وٲلِس صورتِ حالس تخلیقی باوَتھ دِتھ تہٕ نہٕ سپدِ پننس تجربس تخلیقی صورت دِنہٕ باپتھ شٲعرٕ سٛندی پاٹھۍ بےٚ قرار۔ شٲعر چھُ پننس تجربس زندٕ زُولسٲنی صورت دِوان تہٕ سوزندٕ زُولسٲنی صورت ہیٚکہِ پرن وٲلِس تیٚلی نفسیٲتی، احساسٲتی تہٕ جمالیٲتی طور آورِتھ، یِیلہِ تس تہِ شٲعرٕ سٛزے ہِش لسٲنی زان آسہِ۔

کٲشرِ شٲعری چھےٚ اکھ بختاوار روایت تہٕ کٲشر بوٚچھ وِزِ وِزِ پنُن تخلیقی وجود نیچھِ نووُمت۔ از تہِ چھُ سوخن ورن ہُنٛد یہِ کاروان رواں دواں۔

سون اَزِیُک شٲعر تہِ چھُ پننس تازٕ بتازٕ تخلیقی دُنیاہَس منٛز اَژِتھ تمیُک حال اوحال ژینان تہٕ باوان تہٕ اَزِیُک قٲرۍ تہِ چھُ امہِ سرتازٕ تخلیقی

دنیا ہُک جوہر شناس۔

سوٗخن شناس گنزرن نہٕ میوٚن یہِ گُمانہٕ کانہہ خودستأیی زِ مےٚ چھُ شعر پرٕ زناوُن تگان تہٕ یِیمہِ پرٕ زُک تہٕ چھُم احساس زِ زندگی چھےٚ پٔشر نہٕ آمُت اکھ کورٕ کاکُد یُس پنٕنہِ آدن کالہٕ پیٹھٕ پننِس اَنتمی کالس تام پٔری پٔری تہٕ اپوٚر لِکھی لِکھی تہٕ اِڈلیوٚک روٗدتہٕ روزِتہٕ شأعری چھےٚ انسأنی زندگی ہِندِ امی بےٚ سوکھ صورتِ حالُک آدٕمی وبدا اکھ۔ میوٚن یوٗہےٚ احساس چھُ میانہِ تخلیقی سفرُک پوٚت منظر تہٕ درِدس سوٚمبرن چھےٚ میانہِ امی تخلیقی سفرُک یُدس پوٚدا آکھ۔

پنٕنہِ شعرِ رواَیژٕ ہٕنزن مختلف صِنفن ہِند رَس چیتھ چھُ مےٚ خاص کٔرِتھ دوٗن شعرِ صِنفن ہُند شوق روٗ چھمُت۔ غزل تہٕ نظم۔ یژھ چھُم بٔرمژ زِ میوٚن شعرِ تجربہٕ گوٚ ژھ انفرأدی انہار پرٕ اَوِتھ تِتھ کٔنی تعمیر سپدُن زِ امہِ اَنہٕ منزٕ سپدِ آدم سُند ازلی دوکھ سوکھ جلوٕ گر۔ یہِ وُنِ تہٕ روزِ شاید موزوٗن زِ یِتھ سوٚمبرنہِ منزٕ چھُ میانہِ تخلیقی سفرِ کین مختلف پڑاوَن ہِندی شعرِ تجربہٕ شأمل، تاکہِ پرن والین لگہِ میانہِ فکری کنوٗ تخلیقی سفرُک باس۔

چھُم یہےٚ ارزتھ تہٕ تھٔوےٚ پیش کٔش نذرانہٕ ژیےٚ چھےٚ تہٕ پانس تام مولناوکھ ژٕ ملساوکھ مےٚ کیاہ

شاد رمضان



# خُدایہِ لاشریک چھُکھ

اَزل اَبد چھُ ءگنگران
خُدایہِ لا شریک چھُکھ
حرُف حرُف گواہ قرآن
خُدایہِ لا شریک چھُکھ

دِواں چھُ شَش جَہت صَدا
یوان چھُ لا اِلٰہ نِدا
ذرس ذرس چھُ بَر زبان
خُدایہِ لا شریک چھُکھ

زمین و آسمان چون
مکان وَ لا مکان چون
عرش فرش چھُ ہم زبان
خُدایہِ لا شریک چھُکھ

ژ چھکھ تہٕ میوٗن جِستجو
بہٕ چھُس تہٕ چون اٰرِزوٗ
ژٕ چھُکھ بہٕ چھُس رَواں دَواں
خُدایہِ لا شرٟیک چھُکھ

ژٕ چھُکھ کھَسان تہٕ آفتاب
پھولان تہٕ وارِ چھُکھ گولاب
ژٕ چھُکھ مکیٖن بہٕ چھُس مکان
خُدایہِ لا شرٟیک چھُکھ

بہٕ 'نا' سیکیٖل سیکیٖل دَزان
ژٕ 'آ' سوٚدُر سوٚدُر وُزان
چھُ 'لاٗ' دَزان تہٕ 'آ' موژان
خُدایہِ لا شرٟیک چھُکھ

ژٕ شادرمضان جبیٖن
دِ سجدٕ تراو بر زمیٖن
اَزل اَبد ژٕے دید مانٛ
خُدایہِ لا شرٟیک چھُکھ



# دأرِتھ بہٕ ہلم چھُس

دأرِتھ بہٕ ہلم چھُس تہٕ ژےٚ چھےٚ پۆر دستگاہ
دِل میۆن سِیاہ چاہ چھُ پھۆلِن نۆرِ مصطفیٰؐ

یا چھُس بہٕ گۆمُت گیرٕ پنجن تَل تہٕ جانہٕ وَر
یا چھُکھ ژٕ سروپاے اَچھن تَل مےٚ بارگاہ

آسُن _ چھُ اَچھن تلٕ مےٚ بجر چانہِ آسنُک
باسُن_ چھُ پھۆلُن گاش گٕژِس لا تہٕ اِلَّا اللّٰہ

چھُکھ نۆر تہٕ نۆرس پھٕلِتھ آمُت چھُ کاینات
چھُس ذرٕ ' ذرس منٛز چھُ بسِتھ نۆرِ تجلیٰ

عدلس ژٕ بہِتھ چھُکھ تہٕ عدل والہِ الصَّمد
تختیار مےٚ ما چھُم تہٕ پرٕژھےٚ میۆن کیاہ خطا

سرٕ چون چھُ عالم تہٕ سرن سرٕ چھُ الف لام
لــولاک لك تاج کلس چھُس چھُ سَروراؐ

دَس تُل مےٚ درۆدس تہٕ خدأیی چھےٚ نعت خواں
بس یی تہٕ مُدعا چانہِ خدأیی چھُ باخُدا



# پھۄل گٹن گاش

پھۄل گٹن گاش بَروخسارِ رسُولِ عربیؐ
مۄل گلو مُشک زِ گُفتارِ رسولِ عربیؐ

چانہِ ینہٕ ہرِد زَرُر تام گوٚان زنتہٕ قُمیر
سانہِ تھَرِ سونتھ چھُ گلزارِ رسُولِ عربیؐ

تیُتھ صدا گوو زِ سپُد عرش و فرش نغمہٕ سَرا
رۄسی کٕٹ وأژ بَبازارِ رسولِ عربیؐ

ژأنگی ریٚہہ تام لَبَن أس لکھاں نامِ نبیؐ
بأنگی ہٕنز بانگ تہٕ اِقرارِ رسُولِ عربیؐ

تارکن یاں تہٕ وُچھکھ أس تھٕکاں زۄن حُسن
مارکن بوش چھُ انوارِ رسُولِ عربیؐ

روزِ محشر تہٕ تھٲکان آسہِ خُدا شانہٕ نبیؐ
رونقا آسہِ بہ دربارِ رسُولِ عربیؐ

ذِکرِ ہُنٛد گوڈ چھُ پَرو لاَ تہٕ اِللہ سأری سُٕمتھ
فکرِ ہُنٛد اند چھُ اَسرارِ رسُولِ عربیؐ

میٛانہِ جانانہٕ وٕنتھ ناد دِلیس یام خُدا
سانہِ موکھہٕ تام ہَلَم دارِ رسُولِ عربیؐ

شاؔد رمضانہٕ چھیٛنِس وَنتہٕ منٛد چھ ما تیلِم
ناد دِتھ ییٚلہِ مےٚ یتھے تارِ رسُولِ عربیؐ



# ہتھ آشہِ ہلم آس

ہتھ آشہِ ہلم آس بَرس تل بہٕ گدا ہیوٚ
مُشکلکُشاؔ سأراب کرُم دِل چھُ تبا ہیوٚ

پرٛتھ صُبح دعا میوٚن ژٕ ے گُن نغمہٕ سَرا دٕژاو
پرٛتھ شامہِ وَساں تورٕ رٕنگتھ شفقہٕ رنگا ہیوٚ

کشکول بہٕ تُلہِ ہانہٕ تہٕ ژٕیے حال عیان چھے
منگہٕ یِیے تہٕ بَشر چھُس بہٕ منگُن میوٚن رَوا ہیوٚ

نوٗرأنی شبیہہ چأنی پھوٚجم یام منَس منٛز
لا سوٗری سپُد نوٗر پھٔلِتھ آو اِلاَّ ہیوٚ

اسرارِ الٰہی چھِ ژٕ ے پیٹھ فاش تہٕ سِر ژٕ ے
گُنبد چھُ گرٛزان گمبزس منٛز چون صدا ہیوٚ

عاشق چھُ خُدا پانہٕ تہٕ دیوانہٕ چھُ عالم
قرآن مدح خوان بہٕ کیاہ لیکھہٕ مدح ہیوٚ

یٔڈی آکھ وُچھِتھ چون گولابن تہٕ پھولُن ہیٚوٚ چھ
گُلبرگہٕ قدم چون ووتھاں سونٹہٕ ہوا ہیوٚ

ییٚتہٕ عرش سرٲپا چھُ بَنان رَخشہِ پدٕن تل
تَتہٕ عقلہِ وبژان گر چھُ رَچھُن سیکلہِ جَبا ہیوٚ

کُنہِ ازل و اَبد برٕہنہٕ پا فریٲدی بَرس تل
کُنہِ سر بہ سجود چون سراپا چھُ دُعا ہیوٚ

لفظن چھُ پڑژھان شادرمضان حال زمانٕک
اچھرَن تہِ گرُس پاسِ خُدا سوز عطا ہیوٚ

❁❁❁

# شاہِ معراجے بوز فُری یاد

اَز لِکہِ آ گرِ اَبدِ کہِ تاجے
شاہِ معراجےؐ بوز فریاد
عجمکہِ سرورِ عربکہِ راجے
شاہِ معراجےؐ بوز فریاد

زیۏن چون عالَمس سؤ زُن داجے
یُن چون اَزلے اوس اِرشاد
چھۏن اوس آدم تہٕ آدِمی راجے
شاہِ معراجےؐ بوز فریاد

کوچھِ مڑ گُل پھۏل عربچہِ ماجے
عجمچہِ خوشبویہِ کۏر فریاد
چھُمِ تنبلیۏمُت کوٹھس کاجے
شاہِ معراجےؐ بوز فریاد

عرشَس یِیلہِ کھوت فرشک راجے
وَتہِ وَتہِ سپدُس زندہ باد
ذ ری گنڈی مَلکو وَنہٕ وُس حاجے
شاہِ معراجٕ بوز فریاد

عاشق تہٕ معشوق شبِ معراجے
دون ہُنڈ مِیُل اوس کُنڑُک ناد
اَزلن اَبدس ووٗن سِر باجے
شاہِ معراجٕ بوز فریاد

ژھلیہِ رٕسی رَف رَفہٕ پھ یِیلہِ کھاجے
سایہِ ہتھ خم گوو پرٕ تھ شمشاد
حورو نورچہِ مشعلہٕ زاجے
شاہِ معراجٕ بوز فریاد

انبیاء تہٕ مُرسل چھی مُحتاجے
بر تل روٗزِتھ چھی اِستاد
خلقن تہٕ مَلکَن چھُکھ سرتاجے
شاہِ معراجؐ بوز فریاد

شآدرمضانس چھے کالہٕ کاجے
م ، ح ، م ، د ، بَس اَوراد
بیٚے کیاہ چھُم تِ سوزِ خراجے
شاہِ معراجؐ بوز فریاد


ا: حضرت حاجرہؓ

# نورِ انوارُک سوار

ژھوٗن خیالن پَن تہٕ وۄتھ
اَڈٕ ہند رِظون
بانگ گے
اَللّٰہُ اَکۡبَرُ
پھٹٕ گُمان
لَا اِلٰہَ اِلَّا اللہ
لُکھ گے سمان
شیٚش جہت جلیے یِہ صد ہن ہٕندی سوٚدٕر
اَللّٰھُمَّ لَکَ لَبَیکَ لَا شَرِیکَ لَکَ
کوٚر مُشیدن خانقاہن زوٗل نوٗرٕ کی پَرتوَن
کائیناتکی ذرذراتن پوٚرتہٕ سوٚر
سُبۡحَانَ رَبِیَّ الۡعَظِیۡمِ
سُبۡحَانَ رَبِّیَ الۡاَعۡلٰی
رَبَّنَا مَا خَلَقۡتَ ھٰذَا بَاطِلًا



ناگہاں پھٹ تڑکرِ ڈنڈ
سنگ گوو سیمے
خامشی بڑادے یہِ زَن آگر پچھُنہِ
گُنبدس منز بانٛدِ گوو ڈلہٕ وُن ہَوا
بٔرگ زن اکہِ ہے تہٕ اَلنَس چھُس منع
ژھایہِ أچھ پھِرِ پھِرِ أ کِس اکھ گُن وُچھان
سِرِ یہِ ہَنہِ ہَنہِ گوو پٔتِن دامن وَٹان
نارِ کنگ بُتراتھ ہنٛدرے یہِ شینہٕ گنٛج

بامبریوٗمُت چھُے مزارُک بڑمجہٕ گُل
اَز بےٚ توقع پأٹھی رُم رُم احتجاج
پیٹھ عجیب انمانہٕ سرپا واویلا
دأیراوان مرگہٕ بأتھ
'ہاے موتو کونہٕ یوان چھُے ژٕے عار
حیلہٕ کٔرِ کٔرِ تھٔوتھ بٔرِ بٔرِ مرگزار'
'موتہٕ کِس پنجرس چھِناڈٕ وٕژھ تہٕ روزان دأرزانٛہہ'
'بزم تُرا شمع وگل خستہ گیٔ بوترابؓ
سازِ تُرا زیرو بم واقعۂ کربلا'



ظوٗن تہٕ گو وہلکاٗرٕ دِل یِژ بانبریوٗ و
حلقہٕ مدراٗوِتھ دِژِن کربکھ

یا حسینؓ ابنِ علیؓ
یادٕ وٗ ترِس دیِد ماں آو
نوٗرِ انوارُک سوار
رَحمَۃً لِلعَالَمِینؐ یَس شانہٕ داران ذُوالجناح
سوٗن آنگن ژاو عاشوٗرُک جلوٗس
پوٗ کھرِ لوٗگ سوٗ درُک بِتھ
یا حسینؓ ابنِ علیؓ
یا حسینؓ مَولَا علیؓ



عرشہٕ پیٹھٕ ووتلیوٗ و فرشس تام سُے ازلی سوال
فتنہٕ گر آدم
اگر نے آسِہ ہَن پرٗ ومُت وجود
تنبلیمٕ آسِہی ما ژوٗنٹھی کُجِہ تل تاپہٕ ٹیچ
تمبرٕ کتھٕ بنہِ ہے الاو
ہابیل قابیلُن فساد



# گُفتار

ازِ ژُھے وڈ تھ شام سرٕ کن پٮ۪ٹھ تہٕ عالم گوو رٕ ہتھ
لا طمع گو و فطرتُک اکھا اکھ ہوس
بے صدا بُتر اتھ
مٔنزل تام نظرن گوو وٕ ٹسی
زنتہٕ اکھ بے اَنتھ صحرا
اَتھی اندرا کھ ناگ
ناگس پٮ۪ٹھ چھُ گُل
بول بو شاہ گوو کنن میانن تہٕ حبس بیدار گوو
شوخ بلبل گُلِ لنگس پٮ۪ٹھ گٔتی جہِ ستہٕ ہمکلام
دون درہن ہُند باہمی گُفتار بوٗ زِتھ
عرش کرسی لوح قلم ہٮ۪تھ
پانہٕ قُدرت اوٚش ہران



کُتی جہِ ہُنٛد گُفتار بوزان اوس بُلبُل شوقہٕ سان

کربلا ہُک مۆت بیان

کرتلن ہٕنٛز پین نیزن ہُنٛد نژُن

وُزملن ہُنٛد گھ کرُن

شولُن

تہٕ شوٗلِتھ پرٕ وِژھٹُن

نار دِیُن اۆبرس تہٕ ظلمات گاشرُن

العطش ءخمُک

فراتُک کریشہِ وُن عالم وُچھِتھ

گُلی کرِتھ قربان

دندن منٛزٕ ژٹِتھ آب فِرات

اُتھی اندر وۆتھ تیرا کھ گوو مشکہِ گۆد

ترِیش گیٔ رُسوا تہٕ لأنس راہ دِژُن

پۆز مگر احساس سپدتھ

گووفُرالتس پأدٕ ا کھ ازلی سوال

روزِ محشر پیشِ حق پیشِ محمدؐ

کیاہ جواب دِمہٕ فاطمسؑ
کیاہ وَنس یوٚ دسوے پڑ ژھم
کأنسہِ بوُوے ناکنن گوونا ژےمیانن موٗصمن ہُند العطش



یی سٕرِتھ گووکربلا کس پڑتھ ذَرس خوفل تذبذب
خأنہٕ رٕنگٕ ہتی جامہٕ ہتھ ییلہِ نیرِ زہراؑ
تَہہ گرِتھ یم پانہٕ تھٲوی ہتی آسنے ربُ الجلیلن



بُلبلس بیبا کھ دِل بیتاب گوو
بےخبر پأٹھن وُتھُس ددرایہِ اوٚش
لَس أچھن تل پڑتھ ہوس ارمان دوٚد
صبح دوٚد موٚت شام دوٚد
باغ دوٚد بستان دوٚد
یار دوٚد یارانہٕ دوٚد
ساز دوٚد سامانہٕ دوٚد
تازٕ مہرِنٛی ہُندسہ موٚت افسانہٕ دوٚد
کیاہ نہٕ دوٚد کیاہ کیاہ نہٕ دوٚد

## پڑتھ ہوس ارمان دوٚد



دیوانہٕ گوو مستانہٕ گوو
ژھرٛ ٹھ دِتن وہ شلیوٚ وجنونس گربکھ لُجس
باکھ ترٛ اُوِتھ چاکھ دِتھ جامن ووٚ نُن
تس کُتی جہِ گُن
کیٛاہ ژٕے ازتامَتھ گوٚو ے نازاُہہ کُنن او حال سون
کاٛنسہِ بووٗ ے نا ژٕے میٛانن موصُمن ہُندا العطش
یَتھ شہارس چھُے منوشن دِل تہِ اسناوُن منع
پنٕہِ باغُک گُل چھُ پنُنے خوٚنہٕ سگناوُن گوناہ
اَزتہِ کرٛشاہ روٗسی کیچہِ گے
وٕہی یہودبن نِش یتیم
ازتہِ کتیاہ اڑ پھوٚلی گُل پھولنہٕ بروٗنہہ پرٛ پار گے
ازتہِ کرٛشن سوٗنتہٕ چن یمبرزلن لُج ہرد ژھٹھ
ازتہِ کتیاہ ژاٗ نگی ژھیوٚ راٗوی ہرِدواون محفلن
ازتہِ وُچھ زینبؓ دِوان تلوار پنِنس اصغرسؓ
ازتہِ وُچھ زینبؓ گنڈان سامانہٕ پنِنس اکبرسؓ



داستاں بوٗ زِتھ گٔیتج گۓ یٔڑ پریشاں خوف زد
وٕأنِس اکھ ووتُم یِوان
ییتھۍ گُلس پٔٹھ
چانہٕ وٕٹنکی
چانہٕ زِیوٕ ہٕنڈی
شعر بوٗ زِتھ
چھُس گنوان اکھ شعر بوز
یاد چھُم ژٕتہِ یاد تھو
'یِم زٕ یوٚد باہم رَلن اِڈ کوہ اَلَن سنگر ڈلن
دردِ ہٕتی یِم میٲنی آلو ساز تےَ سامانہٕ چون'



# حُسینؓ

کأرنۆ مرِتھ آسمان

بے صدا بُتراٗژ بڑادیُوٗ مُت جمود

ہرٕ د واوِ نہٕ گژ ایہِ اکہِ دۆ د تازٕ مہرٔنۍ مۆت بہار

یَتھ سیٔکلِ شہرس چھُ ہۆ ندر یوٗ مُت جگر

ہُتھ فراتس رأسی زَن آگُر گوٗ مُت

آبہٕ بیُرن ہنٛدی اَپھٔلِ ہاوس ؤَٹسی

کاڑأمی سُند قأدگر بکھ چھس پٔتی گمٕژ

بے کسی پرٛ یڈان لُہرن کیوٗ بٹھن

ترٛاگ پھٔٹی بالن تہٕ زیو دڑا یکھ پھٔٹتھ

جنگلہٕ کِبن خودرو گُلبن ۂری ۂری پیوٗ مُت

شیٖتل شباب

یارِ گنٛزرس ژھایہِ پٔدی پیٖمتی ذٕ زِتھ

سرٕ وُ گجہِ وونہٕ ژار روو

رؤسی کچہ پیوٚ و یاد سے ظاٗلم یہوٗ دی
ءِ کرِشٔ کو چھِ خاٗلی گرٔ ھَن
تہٕ ءِکی شُری سپدٕن یتیم
پوشہِ مرگو کوٚ رتوَ ے کنٔز......
صبح کِس واوس جواب..........؟
بُلبُلو ماتی ئیرِ تھ از
ترو ومُت باغٕے اژُن...........؟
شبنمس أچھٕ پُتنٔ گاٗمٕژ
برِ گوٚمُت ءٔ دسٕل گولاب
آفتابس ہایہِ پھِش لوٚ گمُت بُتھِس
تارِ کو بُتھ پھیرٔ سہٕ کنہٕ روٗشتھ ژٕ جس
وِہی کارزوٗن..........؟
ہے مگراز زونہِ تیٖے پھوٚ رمُت چھُ کاژھ
تارِ کن ءٔ ژھمرٕ وُنل
کاٗنہہ اثر ما گووتہٕ میزان ڈنجہِ ڈوٚ ل.....؟
کاینالس خونہِ ژھٹھ
ہے شُمری کوٚ رقتلِ حسینؓ
حیدرِ کرارؓسُند بیبا کھڈُ برایل جگر

یعنے حُسینؓ

مشک ژھٹہٕ وُن سُے ژندن گُل

فاطمہؓ یس اُس پوٚت ژھاین وُچھان

رَحمَةً لِلعَالَمِینس یُس سوار

سُے حُسینؓ

لوح گے روٗ زِتھ تہٕ قلمس ژھینٛز زبان

شش جہت وو تلیوٚ وسُے ازلی سوال

فِتنہٕ گر آدم ژٔرے اوٚنتھن دُنیہس

"قَالَ اِنِّیٓ اَعلَمُ مَا لاَ تَعلَمُوْنَ"



# ئمی چیتھ ہیوٚک ڈٕری یاو

دوٚ پنَم کُنزُک آگُر چھاو
دوٚ پمَس دوٗن ہُنٛد جنگ ئٔنزراو

دوٚ پنَم جنگ چھا آدن نیائے
دوٚ پمَس سَر قابٕیلُن ناو

دوٚ پنَم ناوس چھا پُرسان
دوٚ پمَس چائِنس حُکمس باو

دوٚ پنَم حُکمَس کتہِ تعمیٖل
دوٚ پمَس نردَس چوٗنے داو

دوٚ پنَم داوَس لوگُتھ پان
دوٚ پمَس ویوٚ دچھنہِ کانٛہہ تہِ پڑاو

دۆ پنَم پڑتھ وَتہِ تارس ژونگ
دۆ پمَس وولیومُت ہے واو

دۆ پنَم واوس نارُک جوش
دۆ پمَس میٚژِ موچھِ آبُک تاو

دۆ پنَم میٚژِ پھۆلی گم گم پوش
دۆ پمَس پبتُرک ورزُن واو

دۆ پنَم ورزُن واو حیات
دۆ پمَس تتہِ گُس پھیرِتھ آو

دۆ پنَم تیٚمی سۆر ژُسی گۓ زان
دۆ پمَس 'نُنہٕ گُری تیلہٕ تلاو'

دۆ پنَم بَس کر پَر للہٕ واکھ
دۆ پمَس تَن مَن ولسنہٕ آو

دۆ پنَم واکھَن ہُند پڑاگاش
دۆ پمَس گٹہِ منز گاشُر زاو

دۆ پنَم ووٚنی کتھِ موٗنتھ میٖون
دۆ پمَس ہتہِ گرِ گوٚنگلس کڑاو

دۆ پنَم سٔدرس پھوٚل ہی گوٚند
دۆ پمَس بوٚٹھ لٲج پیٖرٕنی ناو

دۆ پنَم للہِ مژِ موٚنگ اولاد
دۆ پمَس شیخ العالمؒ زاو

دۆ پنَم شیخہٕ شرٛکٕن تفسیر
دۆ پمَس نوٗرٕ سَرس لٲہراو

دۆ پنَم نوشہری سُند راش
دۆ پمَس کعبَس گتھ دِتھ آو

دۆ پنَم زوٗن چھےٚ حبہٕ خوتوٗن
دۆ پمَس یوسف شاہ ما آو

دۆ پنَم محموُدن عرفان
دۆ پمَس تمثیٖلن کھوٚت باو

دۆ پنَم میرُن لعل فروش
دۆ پمَس گٹہِ منٛز جوہر دڑاو

دۆ پنَم سوچھِ کرٛالُن اثبات
دۆ پمَس دۆ پنَم لا پڑزلیٛاو

دۆ پنَم در حاۓرت رحمان
دۆ پمَس رنگہٕ منٛزٕ رنگ وۄپدِیاو

دۆ پنَم نعمُن زُلف تہٕ خال
دۆ پمَس گٹہِ منٛزٕ گہہ وۄلسیٛاو

دۆ پنَم سوپۆری رٕحمُن تار
دۆ پمَس پمپوشن منٛز ناو

دۆ پنَم شمس فقیرُن اول
دۆ پمَس شُنیاہ گرٛہِتھ دزاو

دۆ پنَم وہَب چھُ در ظلمات
دۆ پمَس شمع زاۓلِتھ ژاو

دۆ پنَم پِندرازُن دربار
دۆ پمَس بڑۆآرِ احمد ژاو

دۆ پنَم محمدی وازُن وعظ
دۆ پمَس قطرس منز دریاو

دۆ پنَم صمد میرُن سیر
دۆ پمَس پوشبرِ پَن اَبساو

دۆ پنَم زرگر احدِینُن سوز
دۆ پمَس سوندرن ہنز رقصاو

دۆ پنَم راہی صاب گوسأنی
دۆ پمَس رۄدِ جرہن منز دژاو

دۆ پنَم انسأنی اقدار
دۆ پمَس مرغوبن ورتاو

دۆ پنَم شاد چھُ شأملِ حال
دۆ پمَس گُس ریوش کیٛاہ چھُس ناو

دوٚ پنَم تیٚلہِ کیٛاہ چھےٚ ژےٚ تھکُن
دوٚ پمَس شیٚخ العالمؒ زاو

دوٚ پنَم جُز چھُ گُلس ہمراز
دوٚ پمَس دون ہُند مِیُل ٹھٕہراو

دوٚ پنَم ٹھٕہراوِ ے عرفان
دوٚ پمَس سٔدرِ مَلکھ گٔنزراو

دوٚ پنَم گٔنزران چھا! دِس دام
دوٚ پمَس کُمی چھتھ ہیوٚک دریاو



# ژےٚ چھے دسگاہ

علم دارا ہلم دأرِتھ بۂ آسے
پُدس نِش پوٚد جُدا رووُمت مُسافر
پشیمان زنتۂ پکھ ژوٚٹ جانۂ وارا
پیوٚمُت اَسمانۂ دَب لوٚگمُت زمینس
بےٚ تو ژھ وُتھرس گِندان واوٕل زمانٕک
ژھپَن لوٚگمُت پیوٚمُت چأنِس بَرس تل
علم دارا ہلم دأرِتھ بۂ چھُسنا



ژےٚ چھے دسگاہ تۂ دِتُمت چھے خُداین
علمدأری کلس چھے تاج شوبان
برس چأنِس ڈُوان لَژھ چھی شہنشاہ
دِوان چھی بوسہ بڑاندس زون تارکھ
ژھُکھ اَسۂ کأشرِ بن ارزتھ تۂ پڑ زنتھ
ژےٚ نِش لُب آگہی وأنِسن چھےٚ مِنَت



گوٚپھن منٛز نور پٕر وُوتھ گاش عرفان
قدم ترٛ ووُتھ تہٕ سیٚکی لبن ناگ وُزوِتھ
نظر ترٛ اُوتھ سیاہ دِل نوٗر سگوِتھ
قرارس منٛز سجاوُتھ وعظہٕ مجلس
یٚیمِس طالع وَرِس سمکھُکھ سپُد سون
اَچھُر ...... وٕ تھس برِس تل پیوٚ وسواٗلی
لفظ...... پوٚرتھَس تہٕ کوٚرتھس حال حاٗلی
کشپ ریوٚش سُند کشپ مَرواکھٕ آگُر
ژواٗرث درامیُگ چھُکھ دام دِیٛت تھَس
شرٛکس اندر شرٛ وپِتھ تفسیر کوٚرتھس
تہٕ وُزنووتھ دِلن ساٗنین سمندر



## اَکھ شعر

یوٚد شوق ییٚنگ چھُم تہٕ مگر چھَم نہٕ رساٗیی
پوٚز ژار وِڈر پیٚٹھ مے سٔرم پانہٕ خُداٗیی



# وَسہِ زوٗنی بے کستن خبرے

زوٗن موجی
وَس اگر وسہکھ
بہٕ ونہے زندگی ہُنٛد داستان
داستان یُس خونہٕ سٕری آدٕمی وبداکھ



یادٕ چھُم ژٕرٕے تہٕ یاد آسی
قرنہٕ وادن ہٕنٛدی تمے تم
میٹھی خاب
وأنسہٕ وادن یم رٕچھتھ چشمن اندر چھِم
حأری شاتھ
حأری شاتھ کِنہٕ حأدی شاتھ
دِل چھُ وتران
کن چھِ کھوران
أچھ چھےٚ ژٕرژان درٕ دٕگام

پٔوٚ زیٚمن خابن زِ ہنٛز ما
وٲنسہِ کانٛہہ تعبیر دڑٕ او



یادٕ چھُم ژٕ ے تہِ یاد آسی
ژٲنگی تارس گُن مدعے گُنڈی گُنڈی
ژٕ ٲسکھ یادٕ پأوِتھ
گٕنگراوان
شیٖنٛجہٕ شرٛ کرٕ للہٕ واکھ
یَم
عرفانہٕ بوٚ ڈُمت اکھ سوٚ دُر
ناگٕ صحراوس وُزاں
اَنہِ گٔٹس دِتھ چاکھ پرٛ زلان آفتاب



یادٕ چھُم ژٕ ے تہِ یاد آسی
توسہٕ پٔن کھالان ہِندرس
پأنٛ پانس ءتیٚ ٲسکھ
سورمہٕ چشمو خون ہاران
گٕنگراوان
برٛم دِتُے گمہِ سونہِ تہٕ کوٚرنَے ٲلی ناش

گٔمی ژٕنے بٔری نَے گَن تہٕ گٔرنے میٲنٕزِ دِے
راش ہیتھ کریورواتکھ
' میٲنہٕ یوسفو وولو '



یادٕ چھُم ژٕنے تہِ یاد آسی
دردٕ گامس آسہٕ ییران کٔتی جہِ ٲلی
خاصہٕ پٔژھی واتن دپان از
دارِ پیٹھ بلبل پٔرچان اوس شٕچھ ونان
وارِ منٛز ٲسی
کارِ تھٔدی گلِ آفتاب
ڈٔری گٔنڈِتھ صبحے کران زن
بالہٕ یارس انتظار
آنگنس منٛز زوٗنہٕ رٲژن
ژٕریتامتھ
کونگ رسول میرٕنی کران ٲس
شوقہٕ رٕوٚد
' زوٗن کھٔژ مے لَو پیٚیہِ مے بَرے
وَسہِ زوٗنی بے گُستَن خبرے '



زوٗن موجی وَس اگروسہکھ
بہٕ وَنہے زندگی ہُنٛد داستان
کوٚنہٕ یتھ شہرس ؤلں ییران
گٔتی جہِ ألی
کوٚنہٕ کانٛہہ جل کانٛہہ دبدر
مٔدران خاب
کوٚنہٕ وُزناوان نہہ گٹہٕ
جاناورن ہُنٛد بولبوش



زون موجی
ہاے یتھ شہرس کھَسیا تیُتھ آفتاب
یُس گٹس گرِ چاکھ وَچھ
یُس نہٕ لوسی وأنسہِ زانٛہہ
ہاے تیُتھ ہیوٚ پوٚش پھولہِ ناوارِ کانٛہہ
یُس نہٕ ہَردنہِ واوِ زردِتھ پیٚیہِ ہرِتھ
ہاے موٗتن پیٲلہٕ پھٕٹرِتھ
کانٛہہ اَنیا آبِ حیات



## زون موجی

بێیہِ بہٕ ترٕ ہادرٕ گام
بێیہِ بہٕ وُچھِہا بالہٕ پائنگ
ویٚشِو آرُک میوٗٹھ شام
زندگی سمکھم تہٕ وَنہس
گرٛہوٕں رَچھ حُسنس جمال
گرٛہوٕں سَر عشقَس جلال



# ژوٗنٹھِ کُلِس تَل

تَنہٕ گوو واراہ واراہ کال
یَنہٕ سُے باغہٕ بَرس پھٕٹھ سمکھُم
باغس منٛزٕ باگ ژوٗنٹھِ کُلس تَل
وآتتھ دوٚ پٔنَم
تَنہٕ گَتہِ اوسُکھ
یادٕے پوٗن آدن کالُک
یاون باجُت، شرٛ اون کال
سازس سازٕت لوٚگ مِضراب
مَن وُپھلووٗن تن ووٗلسووٗن
ڈٔ دسَل لوٚٹِچہِ
چوٚو افتاب تہٕ امرِتہٕ کول
سیٚکلِس ہَنہِ ہَنہِ ناگن وُز لوٚگ

باغَس انگ انگ پھوٗل گلزار
مَسولہِ مَس بوٗ ربانس بانس
پوشَو رنگ ژھوٗٹ موٗل خوشبوے
پھیٖہہ پھیٖہہ کرٕونی ریٖہہ گلدانَس
اَسمانَس لوٗگ اوٗ برس نار



ووٗنی میٖے پرٛژھُمَس
تنہٕ کتہِ اوسُکھ
رُم رُم پروٗم من شیٖہجار
باغَس اَژٕوُن ظوٗن ما روٗدُم
مےٗ تہِ ہے اوسُم
آدن کالُک یاوَن بوج



تَنہٕ گوو واراہ واراہ کال
یَنہٕ لوٗگ زالس جاناوار
باغہٕ بَرس تاں واتان واتان
ووٗنی لگہِ ازٕچ اَبدٕچ وأنس
سٕتُت بٕنتھ غم وأنج کوران
پوٗد پوٗد چشمن چھم وأراگ

سیکہِ صحراوس
لوٚپھیرِس زوٗتالَس ژٕمژ
بالَس پھوٚر رمُت ورزُن واو



ووٚنی گوو واراہ واراہ کال

یارِ خُدایا
تتھی باغس منز
ژوٚنٹھی کُلِس تل
کرگژھ
اَزلَس اَبدس مِیُل



# تِیتھ بأ تھ کأنہہ

ہے خُداوندا یہِ کاش
سونچہِ سٔدرس منٛز بوٚڈِتھ
لیکھِہا تِیُتھ بأ تھ کأنہہ
زندگی گیوِ ہے تہِ سپدِ ہے لازوال
زٔون وَسہِ ہے بون تہِ آنگن سانہِ
کرِ ہے ہکچہِ روٚو
شبنمس وَچھ کورِہی ما
دورِ ہی ما آفتاب
گُل روخن پیٹھ بُلبلس یی ہے قرار
بوٚمبرِ گتھ وُچھِہے یَمبرزل دید مان
سَمکھِ ہے شیرین فرہادس ضرور

محفلن ژھوٚہن نہٕ تارس ژأنگی زانٔہہ
سیٚکلہِ ڈُزہن ناگراد
راہ مُسافیرس تہٕ ما زانٔہہ
یوٚ دیٚدِس پزٕ زِلہے سراب



لیکھٕ ہا ٹیُتھ بأتھ کانٔہہ
یُس گبوٗاں بوزان سپدہن
سیرِ اسرار آشکار
باغٕ أندرے پانٕہ وُچھہا
شِوتہٕ شکتی ہُنٛد سُہ مِیُٔل
ہا_ تہٕ وَزہن تار زن سنگر رباب
آہ_ تہٕ أنس زُلف لیکھہِ ہے بسم اللہ
لا_ ڈیٚتھ ازلُک اروپہر تام سپدِ ہے دید مان
آ_ سٕرِتھ اَبدُک گُنبر چِمہٕ ہَن تہٕ چَمہٕ ہن دام دام
شُنیہِس منزٕ چھا تہٕ ییر ان اول کانٔہہ
شبن پڑٕاوَن چھا منزٕل دشش رنگ سو نزل
آبہٕ بُرس چھا پنٛن کانٔہہ بیوٚن وجوٗد
شمع ظلماتس اندر چھا لعل پزٕ زلاوان پزی

خاموشی اندر بٔستھ چھا زیر و بم
نے اگر نالاں
گبوٗاں چھا خونہٕ ئٕری آدٕ می وبدا کھ



لیکھٕ ہاتیُتھ بٲتھ کاش
بوٗ زِتھے
حُسنس تہٕ لولس سپدِ مِیل
آمہِ پنہٕ سوٚ درس تہِ لگھے ناوِ تار
بالہٕ داٸمنٛز
اۆبرٕ لوٚ نگ کھَسہِ ہے
تہٕ وَسہِ ہے روٗدٕ چھوٗل

❁❁❁

# دژ منۂ پوٚتھُرتۂ شبنم

گاش ینس اَس سُل وُنہِ شاید
دِل گوو مَڑِ ننِدرَے بیدار

جاناوارَو چُرِ گیٚش تُلمُت
مَس چیٚتھ زن گاٚمتی ہُشیار

اَتھی منز کرکھ گے بار خدایا
اَسہ گوٚژھ لگنٕے ناون تار

آنگن دارِ پوٚٹا اکھ ترٛووُم
اڈٕ برس اوسُن ہیوٚتمُت نار

مانچھ گنگ ٕگس ٕگس کنۂ بوٚزُم
صوفی مجلسہِ ہُنٛد سیتار

اڈٕ ند پوٚکھ اند ہیتھ کنۂ پھِسرارَے
منٛدٕ ے گنڈِتھ ژَرژاں دیوار

آنگن در اوس کینْہہ تام سپدان
مےٚ تہِ روو نظرن صبر و قرار

گُمہٕ اوس پھوٚٹمُت ہَنہِ ہَنہِ دڑمنَس
شبنم وٕتراوان اوس نار

پھیٚہہ پھیٚہہ کرٕ وُن شہہ اوس تیزان
دَچھِ باغس گریکھ وَچھِ ووگنیار

رُم رُم دڑمنَس شبنٔمی شہلتھ
حُسنس عشقس مِیل وُ پھوار

اَسہِ دون باہم نظرن مِیل گوو
بَر بگہٕ دِل آو زن فموار

دِلہِ منٛزی دِل نےٚ ہتہِ ازموٗس
میٚتہِ وَن نووٗس لوتہِ لوتہِ شار

نُیلس دڑمنَس امرِہتہٕ ورشن
میٚۓ ہے بالہِ کرشن جیٚتھ آو



# احساس

چھُکھ سا بوزان
کینٛہہ چھُکھا ژینان
کِنہٕ سوٗرے وُچھان
یاں دِپان آسکھ یہِ گٔے یادا وری
یاں دِپان آسکھ یہِ ماگٔے دلبری
یاں کران تعبیر آسکھ پڑ زنتس
یاں کران تاویل پننِس عظمتس
کِنہٕ دِپان چھُکھ أتھی مُرِتھ مرتب ونان



پوٚز زمگر ہے
چانہِ زیٛوٕ ہٕنٛدی
چانہِ وٕطنکی نغمہٕ خان
گوٗنماتھ سأری

حا جنس اندر سٕمتھ

چونے گبواں

چانہِ گاٹہکی بأے بَند

میٲنہِ شہرِ کی یار دوس

پھِری پھِری ونان

چونے ونان



اکھ ونان کأشر زبان

بیٛا کھ کشمیریت تھٔکاں

اٲڈی دپان تقدیر وول

اٲڈی دپان گٹہ ژونگ زول

اٲڈی کران معنے گتھَن

اٲڈی وُچھان پنہٕ نٔبن اَتھَن

کِنہٕ یہِ سُے احساس چون

چھیٛے پھٔبان کاشُر زبان

آو وَق

یٚیلہِ سأنی پڑ زنتھ سأنی عظمت

آسہِ سأنی ماجہِ زیو

سأنی زیو اکھ پڑ آنی زیو
سانہِ ازلُک داستان
سانہِ پڑ زئرٔ ہُند نشان



سون ننڈ ریوٚش سأنی لل دید
سانی میٚژ مہجور زاو



چأنی تمہ ارمان احساس
میٲنہِ وَتہِ ہٕندی گاشہِ پٕدی



(محی الدین حاجنی ہندِ ناوٕ)

# اکھ شعر

کراں گتھ شادرمضان کعبہٕ زأنتھ گُل روٗخس چاٖنس
دِوان چھے بوسہٕ فرقانس سِپارو توٚہی گواہ روزِو



رَتہِ وانہِ اِیچھم زندگی اکھ کوہِ ورقن ہنز کتاب
اَشہِ وانہِ اَچھرٕ وما دِتےٚ پرٛزٕھلین سوالن کاٚنہہ جواب



شہرُک شہر چھُ احتجاج خوٗنہٕ سٔری صدا
پڑتھ سوٗنچہِ پٔدس تَل چھُ زُوان از تہِ کربلا

گامُک سُہ پڑون ناگ تہِ ہوٚکھ بۄنۍ تام دٔز
تیُتھ کیاہ سپُد زِ بولبوش تاں چھُ واوہلا

زینبؓ تہِ وناں اَس خُدایس یہِ بار بار
بابس نہٕ اگر زَن تہٕ رسولسؐ رٹے رِدا

مونم زِ غم چھُ کریوٗٹھ مگر میوٗٹھ چھُ احساس
أخر تہٕ شبس آو پھٔلتھ نوٗرِ مصطفیٰؐ

کوفس تہِ خطا کھال تہٕ پانَس دِ ہَنا وۄن
ہے پانہٕ ژٕ چھکھ از تہِ یزیدی حسینؓ ما

یَس تَس چھُ رِوان دِل تہٕ زران گُس نہٕ ہردِ زَر
پروردگارٕ سانہِ وُٹھن پیٹھ وٕٹسی دُعا





شوٚد بوٚد بٔچور شاعٔر دانا کتھَن چھُ مولوان
یَم گُل پھولاں چھِ سوٗنٛتس ، ہردَس تمےَ چھِ زَزران

کٔتین مسأفرن ہٕندی پٔدی آکھ وأنٛسہِ گٔنٛزرِم
کٔتیاہ بےٚ نیب مٔنٛزل چشمن اندر چھِ پژٕلان

تھرِ پھوٚل گلاب تھیکہِ ہے آسُن پٔنُن تہِ وُچھِے
برٕ چھُس گرشھُن بےٚ موسم ہردُن ہوا چھُ توشان

حأران زندگی ہُنٛد ژیُہہ ژیُہہ بےٚ ووٚنت صحرا
التریشہِ سیٚکلہِ آدم پٔدی آکھ توتہِ گٔنٛزران

خبرے ژےٚ چھیٚے سہل چھا سونچک سُہ ناگ پاژُن
جنگلس اَلاو شولان سیٚکلِس سراب زوتان

بٕے چھُس گٔٹِس اندر گہہ تارس دَزاں ژونگاہ
بٕے چھُس بنٛجر زمینس رنٛزوان خموش اَسمان

آنگن بَرس تَلٕے پھوٚج اکھ دأن تھٔر بےٚ موسم
آدنہٕ بچارٕ گس وَنہٕ پھُٹُمت چھُ میوٗن گُلدان





صبر کوٗرُم تہٕ صَبرس تھوٗوُم نہٕ کانٛہہ حساب
اگر نہٕ از پگاہ چھُس دِنُے کتھن جواب

سفر تہٕ زیوٗٹھ تنہا پکاں چھُ کاروان
اگر بےٚ نیب شہرس کھوٗتےُ نہٕ آفتاب

سوٗ دُر موٗنڈُم پدٕبن تل جِگر پھرٕوُم پڑگاش
دوٗ دُس تہٕ ژاٗنگی رہہ رَتھ پھوٗلُس أچھن گولاب

بہٕ چھُس تہٕ لوٕ پھیٚرِس منز ؤتھر ؤٕتھر وُہاں
ژٕ چھُکھ تہٕ ہِری یہٕ زوتاں قدم قدم سراب

گِہے سَناں تہٕ سَنہِ رَس وَساں ڈُنگل جنون
گِہے بُٹھِس پِٹھے دِل بچارٕ سَراں عذاب

وُچھاں تہٕ میوٗن دِل یوٗد طُفاں سمندرس
شِشٹھاں تہٕ ناگہٕ پوکھرٕبن ژھوکاں چھُ سیکلہِ آب

لِکھاں تہٕ شاؔد رمضان حرف گواہ
پَراں بےٚ موسہٕ زن دِلچ بےٚ پڑھ کتاب





سون گُن ترٕکھ تہٕ وَنہٕ زندگی ہُنٛد داستان
میوٚن ہے بوزکھ تہٕ کھسہَو پرٛ آنٛی پأٹھی آستان

یا تہٕ گوٚژھ بوزُن خدا گوٚژھ گوٚٹ بنٛن افتابہٕ زوٚن
یا تہٕ گوٚژھ آسُن مےٚ یتھ شہرس اندر کانٛہہ ہم زبان

'نا' سرُن دوٚ پنٛم تہٕ سرٕ ہا بے صدا تنہا وجود
'آ' پرُن یتھ تنگ مکانس منٛز سرُن چھم لا مکان

میٚیے دوٚ چھنِٛ کھوٕرٕ چھُ سمیک شور رنٛزناوان ظوٚن
میٚیے کھوٕرن تل نارٕ کنٛگ بُتراتھ ئُرٕ پیٚٹھی آسمان

گُنٛبدس منٛز میوٚن شہہ صحرأوی بُزٕ واوٕلی صدا
گمبزس منٛز باندِ آلَو زن چھُ کانٛہہ زا شُر وَدان

أنتھٕ روٚس اندیشہٕ چھم پانَس بزانس وٕنٛیِ زِ گس
أنتھٕ روٚس پٔدی آکھ گنٛزأوِم لوٚبُم ما کانٛہہ نِشان

کانٛہہ اکھا زانن یہٕ زانم کانٛہہ نہٕ باہم خأر پاٹھ
شادرمضانس چھُ تتھی شہرس اندر اکھ بوٚڈ مکان





موسم چھُ ٹھیک ٹھاک اَما دِل چھِ بے قرار
کُس زانہِ کُمِس کیٛاہ چھُ وچھن کُس چھُ خطاوار

جنت خیال چون بہٕ چھُس مُنتظر تمٔیُک
صحرا نصیبہٕ میٛانہِ پھوٚلیٚ گتھ پیٛٹھن امار

سمکھُن نصیب آسہِ ؤری وادِ لگن تتھ
دوشوٕنی گرَن چھُ درمیان اکھ گز زمینہٕ وار

دامانہٕ جُرِتھ زۏنہٕ زٔژو چھُم تہٕ مگر تنگ
سامانہٕ سجٲوِتھ بہٕ گرُک چھُس بےٚ مول بٕکار

وۏلِن تہٕ اگر وولہِ بےٚ موسم سُہ ہِتل واو
شمع بِچارِ پانہٕ چھُ بے بَس بےٚ تختیار

دژاٚمتیٚ چھِ اَلم ہِتھ تہٕ سیاہ جنڈٕ اتھن کیٛتھ
کرِ ہنس چھِ وَلان زۏنہِ ہُند لِباس گاشدار

أسی بند گُمتیٚ گیر وَنو کُس تہٕ بوزِ کُس
پَروَردگارِ رۏدِ رزن مٔز دِ ناوِ تار





نصف شَبس مےٚ ڈیوٗنٹھُم شمع تہٕ واو گِندان
دوٚپُم پزٕژھکھ تہٕ سوچُم عشق چھُ آستان

سوٚدُر شرٕ پاں چھُ ہن ہن أچھن اندر تِمس
جنگل قدیم کالک تبنگل تبنگل وُہان

سُہ اکھ ژِہُا تہٕ شبنٔمی سحر بنیٚو الاو
یہِ اکھ ژِہُا تہٕ خلوکھ خیال بدگمان

وُنی سمُکھ تہٕ دوٚپنَم پوٚد پوٚد ژٕ واو چھُکھ
تِتھ کیٛاہ سپُد زِ بے چھُس تارس شمع دزان

عَجب اگر نہٕ باسی پننُے ضمیر پرٔی زہن
أچھو أچھو تہٕ ژینکھ پوٚشِس نکھے چھُ انسان

گہے گہے چھِ باساں کاٹھِس پتھَے یہٕ چھُس قدی
گہے گہے تہٕ بے چھُس رٔزوان زمین و آسمان

مےٚ لتس پزٕژھُم تہٕ بوٗن حیات تہٕ کاینات
ازل اَبد تہِ پزٕژھس تتھ چھُم نہٕ روے سماں





آوارٕ کرِٛہُن خاب تہٕ آزار بأوی زبس
بے نیب سوٚدرٕ زُوی تہٕ سفر یاد پأوی زبس

دوٗرُن دَوٗن نصیب تہٕ صحراو گردِ بُزی
واوٕلی صدأوی سحرٕ پَدٕن آکھ رأوی زبس

ٲلی زن تہٕ بےٚ وق ناو گُرٕن تاپہٕ وڈٕر پیٹھ
رٲژھرِتھ وِشال نیٚول سمندر ژٕ تھأوی زبس

افتابہٕ گُنُے گرٛاکھ مُقدر چھُ شبنمَس
ٲدسلَ کیٚمِس تہٕ تریشہِ بدل خون چأوی زبس

سمکھی اگر تہٕ پاسِ خدا منگٕ زِ تَس کٲشیرٕ
باسی تہٕ کھوٚرن تَل پٔژن دستار ترٛأوی زبس

حرفس حرٛف گواہ چھِ علامت تہٕ استعار
پرٛژھنے اگر تہٕ شعرٕ کراماتھ ہأوی زبس





عجب چھُ سانہٕ دارِ پیٹھ چھِ اَز تہٕ جانہٕ ور بِہان
یہِ گُس چھُ پڑاَنی پاَٹھی نوش لب عجب ملک پران

تِتھُے زَزٕری پنَس ہواوٕ گرٛاے لُج تہٕ پیۆو پتھَر
تِتھُے پٕژُن سفید مَس تہٕ اَنہٕ آم دیدمان

دَپَو خطا چھُ پوشرٕس اَڈے وُمبر چھےٚ شبنمَس
ہَتا بچارٕ پانہٕ میٛانہِ چھُکھ کمَن کتھن سَنان

یہِ کوس کتھے چھےٚ تَس تہِ دۆد مکانہٕ باَژ ہیتھ پرُس
ترَن زٕ ژور لَچھ تمِس تہِ گَتھ پیٹھَن چھُ اۆش ہَران

عجب زۆنا وُچھُم کھَساں گھے چھُ شہرٕ پیٹھٕ سُہ گام
وَساں تہٕ سرٕکہِ پیٹھ اَساں اژان گُٹھِس اندر وَدان

ژٕ چھُکھ تہٕ شبنمَس اندر وُہان نارٕ کنگ اَلاو
بہٕ چھُس تہٕ سٕنٛدی جہِ پوشہِ وَن گھے پھولان گھے ہَران

خبر چھِ کیٛازِ کاَشرِن جلوسہٕ جَلسہٕ گَہہ نصیب
خدایہِ میٛانہِ ژٕے رَچھُن ، رواں دَواں چھُ کاروان





دۆ پُن تارکھ نَبس لاگنز چھےٚ واوِچ ہیر بۄ کیٚاہ ونہس
یہِ نے دِی ہے سُہ پوٚشِر پرتۄ دَپہِ ہے نیر بۄ کیٚاہ ونہس

دۆ پُن تتھ دردِ گامس گُتٕجہِ پرأنی پأٹھی ییران أُلی
زمانک ژھۆپ تۄ دۆپ آلو دپان گووژیر بۄ کیٚاہ ونہس

سمنٛدر پازنک سنٛز چھم کرُن یا سِرکی یہِ وبگلاوُن
نتےٚ گرِ لولہِ اَچھرن زیٚو قلم شمشیر بۄ کیٚاہ ونہس

یمن آباد شہرن منٛز اُسن وَنہٕ وُن تۄ سورنےٚ رِکژھ
اَسُن ترٛأوِتھ دِژن دۄن درمیان اکھ بیر بۄ کیٚاہ ونہس

ۂنان سےٚ میانہِ نےٚ شعرن تۄ مےٚ تھی بازرن کوچن
تۄ نہوان زبر و پیشک میُل تۄ لاگان زیر بۄ کیٚاہ ونہس

مےٚ اوسُم آستانس گتھ پٔتم کرنُے تۄ دٕش مُژرِنی
تۄ دِیٚت نم شاد رمضانُن قسم پۆت پھیر بۄ کیٚاہ ونہس





یہِ دِل گَہے چھُ بے سبَب عَجَب عجب کتھَن سَنان
رۆبۆدِ راٗژ ہُنٛد صُبح چھُ دۆل دِناں تہٕ نَم رنگان

سُہ زیٹھِ زیۆٹھ کوچہِ تنگ ، سیاہ صدا تہٕ سون گام
بۓ نیب قاٗفلن اگر بۓ گاش رۆد آسمان

وۆنُن نہٕ کینٛہہ تہٕ سورمہٕ اُچھ تُجن تہٕ ٹاٗرِ برنہٕ آس
مۓ وُچھ نہٕ کینٛہہ تہٕ شہر و گام دژام برۆنٛٹھی کنِ یران

پٕہُس تہِ آے تَم تہٕ پیٹھی سانہِ دۆر ءخمہٕ دِتھ
پٕہُس تہِ دارِ برٕی پھشزارٕ دِن عَجَب عَجَب گُمان

عجب زۆ ناہ سُہ اوس ءگنگراے ہش یمبرزَلن
مۓ تام آسہے تہٕ بۆمبرٕ گتھ بہٕ ہاوَہس عیان

بےٚ نیب سۆدُر زُوی سفر عجب ملک تہٕ نوش لب
دۆ پُن تلاؤں ژٔھ تہٕ کتھ یمن قصن چھُ کُس سَنان

سۆمبری سۆمبری سہ زۆنہٕ گہہ تھۆوُم دریچہِ بَند کُٹھن
کھۆتےٚ نہٕ سِری یہِ زن نَبس سِیاہ گوٚپھن چھُ داستان

سہ آدنک اوارٕ داستان یتھےٚ وُٹھن پھۆلُم
بےٚ تختیار دَف تُلن نۆژُن غزل گوٚاں گوٚان



# زٕشعر

سو ژأنگی ریٚہہ تہٕ واوِلُن سۆدُر تہٕ ناو آوُلُن
سہ ناگ ، گُل تہٕ جانہٕ ور خبر یہِ ما چھُ سُے شہر

قدم قدم جنگل وُہان ، نظر نظر چھےٚ داستان
موٚغل سرائے تہٕ اکھ کھنڈر خبر یہِ ما چھُ سُے شہر





ژٕ ما وُٕں تاپلیٖو زٕہنٛز تہِ سانہِ دارِ تل سمان
یہِ وُچھ زِ ہے زِ کٕوت کال گووٚ مےٚ برأنٛتۍ أنہٕ وان

یہِ گووٚ پٕژُھن دِلَس زِ یُن چھیا تہٕ غم سرُن سۆدُر
بہٕ ما دَپے زِ سانہِ بٕرانٛدٕ تٔلۍ پکان چھِ کہکشان

مےٚ بۄز از تہِ چانہِ گامہٕ واو ژٲنٛگۍ ہیتھ نژان
اَما زِ میانہِ شہرٕ تیٚیے چھِ سیرٕ ساوۍ آستان

خبر چھُ کُس یہِ سونٛچہِ مۆت ڈٕنٛگان تہٕ پوتجہِ پھٲلۍ ڈلس
نہَ چھُم مےٚ آوُلن دِلَس نہَ چھُس بہٕ دأرین سَنان

یہِ ما چھُ سُے مکانہٕ یَتھ چھُ بُرزٕ لیٚش قلاے بند
تہٕ پٕرتھ صبح سُہ جانہٕ وَر یِوان تہٕ دارِ پیٹھ پرٛچان

سِتارٕ زوٗن آفتاب جولہِ بٔرِتھ تہٕ جان گووٚ
یِنا وُٕں ژٲنٛگۍ لےٚ تہِ نِکھ یِنا وُٕں راوِ آسمان

دِیکھ تہٕ غم چھُ چۆن چَھو دَیکھ تہٕ اۆش ہُرن ہَرو
شرط چھُ 'آ' نہ 'آسنگ' یِنا وُٕں آسکھے پٕژھان





خبر سُہ واوُلُن کیٚاہ آو تہٕ بیٛوٚٹھ پیٚتھ شَبَس
وٕں کُس وَنِہس زِ ژٲنگہِ اِلتھ بچٲر کیٛازِ لٔج درَس

سُہ گُلی فقیر جیٚشنہٕ گٲمی گام بونہِ تَل ژٔستھ
لوٕکٕٹ سو کورِ ہَن تِھنٛز لمان مےٚ اُس دامنَس

نِینےٚ ژرےٚ اوسِ تاپھ لونٛچہٕ منٛز گنٛڈِتھ تہٕ نیٛرِ ہے
بہٕ کیٛازِ ترووتھس پرٛا اوٚ دُر یہٕ مال بازرَس

اوٚ ڈُےٚ قدم ژلُن تہٕ پھیوٚر پوٚت وُٹھَن پھولُس اَسُن
اُڈےٚ نظر تُجِن تہٕ وَن بوٚڑیوٚو زن سمندرس

نظر تھٔچِس تہٕ سونٛچ تاں دُبالی گوس بزم پھوٚرُس
بےٚ پےٚ وَتَن چھُ کوٚت گرٛھَن تہِ چھا خبر مُسافرس

مےٚ آسی دوہلہِ ژٕنۍمتۍ جنگلٕ اندیشہِ تَس أچھَن
نصف شبس دوٚ پُن یہِ گُس ہوٚ جوم پھوٚرنۍپرۍ بَرس

نچور أنہٕ پھُٹ تہٕ عکس عکس اوس أچھ مُران
خبر سو پرأنی لولہٕ بزم ؤل زانہہ ییا تہِ وولسنَس

چھوگَن مےٚ آیہِ زِو اگر سوخن شناس دوستو
خُدا گواہ اگر مےٚ کأنسہِ گرٛاے آس دِنی دِلس



## ترٛےٚ شعر

موٗنم زِ شِٹھن شوخ سمن ساعت تہٕ حالات
دِل چھُم تہٕ سُہ ما ہانہِ شَبا سانہِ بَرکھنا

زندگی چھےٚ شونگان کالہٕ تہٕ مَس پیالہٕ صُبح تام
وۄتھِ ہندرِ تہِ گُس زانہِ شَبا سانہِ برکھنا

وِاتُن تہِ اگر آسہِ غنیمت چھُ انتظار
سمکھُن چھُ دپان لانہِ شَبا سانہِ بَرکھنا





بےٚ شۄنکی پاڑھی سانہِ دارِ تل سُمتھ کوٚرُن قرار
پتو یہِ تاپہ ٹیوٚک بچور نیرِ تَن مےٚ زانٔی کار

مےٚ اوس پےَ زِ آنگنچ گولاب تھر پھولی نہٕ وونی
ؤں گوو چھُ دارِ پوٚٹ تہِ ووٚتھ تہٕ بُلبُلس تہِ اعتبار

عجب کتھا چھےٚ نصف رأژ سانہِ براندٕ سِری یہِ کھوٚت
تہِ وُچھ تہٕ ژیوٗن میٚیے زِ زوٗن اَس کرِتھ بے قرار

وۄزُم وۄرُد گرِتھ ہیٚژوم سہٕ اَنہٕ مٔلی تہٕ خوش گیوس
تہِ کر خبر مےٚ اَس میوٗن بُتھ چھُ یوٗت داغدار

گتھے سو اَس ترٛژھ زِ پیوٗم اوٚنگجہِ پَن گنڈِتھ تھوٗن
مےٚ ما سا اوس ظون زِ زندگی چھےٚ یِژھ بےٚ اعتبار

اچانکے سمکھی تہٕ عقلہِ پھِر دیوانگی جنون
تُسُند اوبر گوبر تہِ میوٗن شُری مزاژ پانٔنیار

گہےَ یہِ میوٗن دِل بچور گِنداں خوشالہِ ہرنہٕ زَن
گہے گرِد تہٕ واوِلُن رٔلِتھ بنان چھُ گٹ غبار





رَچھکھ نہٕ شوخ دِل مَہ رَچھ چھوگن تہٕ کر شُمار ہیٚو
حرج تہِ چھُم نہٕ کانٛہہ وٕں گوو ڈلاں چھُ اعتبار ہیٚو

سِتارِ زوٗن آفتاب نِیتھ تہٕ لونچہِ منٛز گنٛڈِتھ
وٕن گوو سو چانٛئی ژانٛگی لِتھ چھُ میوٗن یادگار ہیٚو

سوٚدُر تہٕ ناو واوُلن لمبھ لمبھ تہٕ آوُلن
بےٚ ستھ مُسافرس مےٚ پٔتھ گنان گوبان تہٕ بار ہیٚو

وٕتھر وٕتھر ژٔہاں گٹُل سحر سحر پھولاں گُہل
یہِ کِیتھ عجب زوٚنا دزاں چھُ شینہٕ گنٛج تہِ نار ہیٚو

وُچھان کوٚرِ کوٚرِ چھُکھ ژٕ اَنہٕ بانٛبرووتھَس
مےٚ نِش یہِ آفتاب تاں اوس داغدار ہیٚو

وَنےٚ اگر تہٕ بانٛبرَکھ بَدل بَدل کتھَن سنکھ
سنٛباٗلی زٔہن بِچور دِل رَچھَن لگی بکار ہیٚو

مےٚ ما چھُ توبہٕ پھُٹرنک ئکھٕنی ہَوس نہٕ کانٛہہ غرض
یہِ موٗسمے وُبانٛئی یا چھُ ژٕینےٚ اَچھن خُمار ہیٚو





باۄنہٕ گرٕن تہٕ روو کتھَن مَعنہِ مُدعا تَس
کأنسی وۄنُس نہٕ کینٛہہ مگر وۄشلیۆو بُلہوس

تَتھ رأژ نہَ دۄد ژونگ نہَ کھۄژ زۄن نہَ تارکھ
ہُشیار أچھَن خاب گرٕن پیۆو مےٚ پونٛرس

تیُتھ کینٛہہ گوۄے نہٕ شولہِ تبسُم تہٕ وولہِ غم
سمکھُم تہٕ مگر گوو نہٕ ملاقات نصیٖبَس

ژأنگِس تہِ لۄگ نہٕ پَے زِ واو ژاو میۆن گُٹھ
دَے زانہِ وُچھَن آسہِ کیٛاہ تَس آنہٕ بچارس

گوڈٕ اوس گرِتھ طَے زِ ستارن تہِ پرٛژھن لگھ
اخر گلَس تہِ گژاو کرٕنی تہٕ نہٕ بُلبُلس

مونُم زِ تمِس آس دِلس دَگ تہٕ وُٹھن تریش
سَتہٕ زاو شُرِس توتہِ پرٛۄن اوس کأفرس

یَتھ سٔدرٕ سرس پھرۄژ پیٚہِ نہٕ موسمی حالات
پتھ لۄگ نہٕ زانٛہہ لگہار خریدار بازرس





یہِ میۄن چور دِل بچور سٔنتھ سَناں چھُ دأریس
سَنُن تگی تہٕ سَن مٔتِس ڑٕ نگاں چھُ پوتجہِ پھٔلی ڈلَس

تہِ سۄنچہِ تھےٚ دِتن ڈٕکس مےٚ بوسہٕ ٹارِ اۄش ہۄرُن
ہٕرتھ پسٕوان چھُ نیٚوٕل نیٚوٕل بونہِ پَن تہِ أخرس

دُعا کۄرُم خزانہٕ چھُس نۄن کڈُم تہٕ مول رٕچھم
کِنن تہٕ کأشرێک رسالہٕ تژ وونس بہٕ بازرس

سو وَتھ، سو ناگہٕ جوے، سُہ گُل، سُہ جانور تہٕ بولبوش
سُہ واو ژأنگی ریٚہہ رِگندُن وُچھُم تہٕ أچھ لَگِم درس

بہٕ چھُس تہٕ چأنٕی وَتھ وُچھان ژٕ چھکھ تہٕ واوٕلِس رِگنداں
ژٕ چھُکھ تہٕ بژاندٕ بَر رٔٹتھ بہٕ ژأنگی لِتھ لۄگُس درس

بدس تہٕ آسہہم پٔنُن وُجارٕ دِل بڑٕ ژٕنِس کھنڈس
نہَ سونچہِ ہا تہٕ لیکھہٕ ہا نہٕ بوزٕ ہا بہٕ شأعرس





سنیٚو وِ یلہٕ زَن وبدأ کھو موٚرژَن بہٕ کیاہ وَنَس
وٲں زنتہٕ پھیٚو رپوٚت پرٕژھُن وَدن وَدن بہٕ کیاہ وَنَس

گَتھے سو أس ترٛتھ زِ پھبرنہٕ لاد ٹُلنہٕ برٛونٛہہ وۆ دُن
مگر چھُ لونٛچہِ گنڈ کران کران اَسن بہٕ کیاہ وَنَس

دۆپُن چھُ لانہِ شبنمَس دَزُن تہٕ سوسنس ہرُن
مےٚ توٚگ معنہِ زانٛہہ کرُن یمن کتھَن بہٕ کیاہ وَنَس

یُتے مےٚ غم چھُ خأرپاٹھ بدلہٕ زَن پرٕژھُن سوال
کجر پھربم تہٕ أچھ تہِ زَن درس لگن بہٕ کیاہ وَنَس

منجوم ہے تُمِس سُہ پرٛانہٕ وار اکھ مےٚ توٚبرُکن
زَبر یہِ گوو مگر دۆپُن یہِ چھے کفن بہٕ کیاہ وَنَس

نہَ پرٕژھ مےٚ تارکو نہَ زوٗنہِ بوو حالِ دِل پنُن
سِتم ظریف آسمان تہِ مےٚ پرٕژھن بہٕ کیاہ وَنَس

عَجب سُہ واوِ لُن نہَ ہرحدا نہَ گردِ پھوٚل ٹُلُن
یٔدس پٔدِس وُچھم شمع دَعا منگن بہٕ کیاہ وَنَس





آلمِن اَڑنَس از چھِنہٕ ہَبران جاناوار
آلو آلو بار خُدایا پاپ نوارٕ

ظون ما اوسُس رُمہِ رُمہِ گرٛھنگ اَنہٕ بچور
مےٚ تہِ وُچھ بے خبری منٛز پڑاٹھم لَب یکبار

اَسہِ زَن پوش نہٕ نالے ماٚر تہٕ زأنہٕ وبلاس
پَتھ گوو توتہِ چھِ بڈشاہ ہٕندی زُری بختاوار

کشکولن ہُنٛد جَمہٕ گوٚٹھ أندی پکھی لگہٕ ارساتھ
پیٹھ یِم شہرٕکی لۆکھ مےٚ گٔنزران بختاوار

دوشوے ڈری تم سرکہِ دُپاسے ٔخمہٕ گٔنڈِتھ
ووٚزم چھُ أکی اوٚنمت بیزار تہٕ أکی دستار

اَسہِ ہیوٚت پڑانِن ژانگِن مٔلی نوٚو گاشری گوٚٹ
ووٚنی ہے تڑاوو ، تڑاوو گُس سِر سَرِ بازار

چنٛدٕ منٛزٕ کوٚڈھس گرِ کٔمِن بأَژَن ہُنٛد البم
نتہٕ ما اوُسس پرٛزنٔژ ہُنٛد کانٛہہ نوٚن آثار

یا گوٚژھ بَدلُن تٔمی سنٛد بےبُتھی کرٛہُن مزاز
یا گوٚژھ میوٚنے توقع مٔشرن گُلِ انار

بحر پھٹان مےٚ تہِ آسہٕ شعرن زانہِ خُدا
ہتہٕ ہے زانکھ علمِ عروضکی دعوادار

❁❁❁

# زٕشعر

شامہٕ ژھنبرٕ ہن چھکھ لگہٕ بأَتھ لے
سحر وقتن مٔدر تلاوت چھکھ

گہہ امانت أَسکھ یتھ بُستی
از پانس پانے خیانت چھکھ

❁❁❁



أسی تہِ چھِ بایو پننہِ زمانٕکی بختاوار
دارٕبن تأرِی تہٕ بَرٕ وٕتھی باٖنٕبری سوداگار

أسی تہِ چھِ بوزان ہمسایَن ہنٛز گُدرن باکھ
أسی تیٚیے ترہَو آنگن آنگن تھوٚد دیوار

ترٛتھ چھُنہٕ گَتھ زَن اَسہِ گٔن ووپرَن داش نداش
توٚہہِ بوٗزا زانٛہہ اَسہِ کوٚر تیٚتھ کانٛہہ بَد باپار

تیٚتُھ چھُنہٕ کانٛہہ چھو کھیَتھ نہٕ بچأرِس آوٕ ے انگ
ٲلی گَتھ وَنٛہَو اَسہِ لُج اَشہِ گَنہِ خوٗنَس دار

سأئنس بامَس پیٹھ تہِ چھِ سِرکیہِ تہٕ زوٗن گِنٛدان
سأئنس برٛانٛدس پیٹھ تہِ چھُ روزان شب بیدار

ٲسی تُج پھِرنس لاد تہٕ لوٚچن گنڈ مُشرُن
ٲسی تھٔو أنس پوٗز تہٕ پرٛوٕتُن ژأنِگس تار

میوٗنےَ بوزِو کترٕبن کھالَو سونہٕ سُنٛد کھرٕ
پیوٚو زَن گُنہِ دوہ ٹوپہِ بدل اَسہِ دِیُن دستار





زانہِ کُس کٔیاہ کٔیاہ مےٚ پیٚو وأنٛسَن سرُن
معنہِ ما توٚگُمے ازل لأنِس کرُن

میٲنہِ جِگرُک غم گُلالس داغ وُچھ
چانہِ آنگن پھوٚلِتھ دوٚ پتھس ہرُن

دوستن تھکہٕ ہا تہٕ دشمن بوزٕ نے
ژٲنگی لِتھِ راتس گوٚژھُس واوس دَرُن

وٕتھر پُرٛنم دِل تہٕ سونچس شَہہ گوبیٛوم
' آ ' دپَن والیٲ مےٚ وتُرن ' نا ' پرُن

ترِژھ پٔری تأبینہٕ کانٛہہ آسنٕ گُرٕھم
یُتھ تٔمِس مأتھر گٔرِس تگہٕم پھَرُنن

ماگہٕ شِشرس زوٗل کرٕہن آبہٕ چھوٗل
شادرمضان گام گوٚژھ شامن ترُن





غم تہِ نےٚ ہَمدم بناوَکھ کیٚاہ کرَکھ
کأنسہِ ووپرس نِش تہٕ باوَکھ کیٚاہ کرَکھ

زندگی لۄگ تاپہٕ صحراوس سراے
پۄد پٔدِس پۄد سیکلہِ راوکھ کیٚاہ کرَکھ

قأد چھس پنجرس تہٕ پکھ ژۄٹ جانہٕ وار
بولبوشک شَر تہِ پڑاوَکھ کیٚاہ کرَکھ

خۄن چھے لأرِتھ یمن نوکھل نمَن
زۄنہِ حبہ خوتۄن ہاوَکھ کیٚاہ کرَکھ

باوِ ہے شبنم قلم کاگد ذٔلیل
آفتابس ٹھۄر تہِ تھاوَکھ کیٚاہ کرَکھ

کتھ چھےٚ بُلبل ہشز تہٕ رَتہٕ ئری داستاں
وٕنتھ گُلن سگ دِیاوناوکھ کیٚاہ کرَکھ

شادرمضان چانہِ سونچِک سِر غزل
بوزِ کُس کس بوزِناوَکھ کیٚاہ کرَکھ





پٔنٕنۍ غم پانسے بأوِم سحر پھٔول
چھوگن زن کرٕ األی نٔہنأوِم سحر پھٔول

اَتھَن پنٕنٕ نبن وُچھاں برہمن ژٕتبس پیوٗم
گٔتھَن ہٕنٛدی معنہِ اَبسأوِم سحر پھٔول

ہَلم دأرِتھ بہٕ روٗدس رأتی راتس
ژٕنٛدر ہبتھ تارٕکھے رأوِم سحر پھٔول

مکانس تام واتُن اوس ممکن
زمانَس سونچہِ بَر ترٕأوِم سحر پھٔول

پھولاں کوٚ بَرٕ گرٕھاں یاوُن گولابَس
یِمے کینٛہہ نیٚاے أنزرأوِم سحر پھٔول

گراں تعبیر احساسَن خیالَن
أچھَن منٛز خاب شرٛوٗ پرأوِم سحر پھٔول

دِواں پھٚیر یادِ وٕترِس شآدرمضان
وٕتری مِتی دوکھ ژٕتبَس پأوِم سحر پھٔول





وونی نسا پَرِ کانہہ عجب مٔلیٕ کٔنی کتاب
سأری ہے راتس وُچھم تیتھ زیوٹھ خاب

وُنہٕ چھِ یَتھ شہرس مکانَن بُرزٕ پَش
وُنہٕ منگان گُل با صنوبر چھے جواب

گامہٕ سڑکن پیٹھ یُتھے از شام ووٚتھ
دام دِتھ نیٚوٚ ناگہٕ پوکھرٕ ہن جوگی آب

ووٚتھ پٔرستانک سُہ موٚت پازیب شرونی
کھوٚت کٔمِس طالع ورس از آفتاب

ناوِ لیچھتھ گٔہنٛدِ یاون پوشہِ تھٔر
واوِ ہرٕدنہٕ پیٚو ۂرِتھ سونتَے گلاب

خونہٕ سُرِی بوزُن تہٕ آدِمی داستان
زوٚنہٕ رأژن دامہٕ انہِ گوٚٹ چوٚن عذاب

یادِ صحراوس پٔدِس پوٚد آکھ چھس
شادرمضان سیٚکلہِ چھی پژلان سراب





بَرٕ چانہِ اَژُن چھُم تہٕ بَرس تَل صدا دِمے
شب چھُس تہٕ اَزل لانہِ شبَس گُس صَبا دِمے

مانی ژِےٚ پنُن دِل تہٕ سُہ گوو دامہٕ سوٚدُر چوٚن
الٹریشہِ کران دِل بہٕ پنُن کربَلا دِمے

ممکن چھُ وُزِی پانہٕ پنُن دِل ژِےٚ سمندر
منگہٕ ہم تہٕ منگن والہِ بہٕ کیاہ 'آ' تہٕ 'نا' دِمے

یُس تیر سوٚنم زیر وبمکی پاٹھی وجوٗدس
سُے خونہٕ بُر چھنج مےٚ وُلن چھُم قبا دِمے

ییٚلہِ ییٚلہِ مےٚ نظر تُج تہٕ دوٚپُم چانٕی خدائی
ییٚلہِ تیٚلہِ تہٕ توٚ چھُم دِل تہٕ لوٚبُم واوِلا دِمے

زِندٕ پانٕہ چھُ جانانٕہ غنیمت یہِ حُسن میوٚن
نذرانٕہ پنُن پان دِمے کیٛاہ نہٕ کیٛاہ دِمَے

میےٚ چھُم نہٕ وپن بانٕہ ژٕ چھُکھ پانٕہ شہنشاہ
ژیےٚ جانٕہ دِمَے کیٛاہ تہٕ دِمَے با خدا دِمے

دِل وُنہِ تہِ چھُ کافر تہٕ وٕں گووميٚل چھُ ماممکن
بے دینٕہ ِگنٛدن باجہِ دوٚپتھ لِی سزا دِمے

شر شادرمضان چھُم سُہ دِلس کر بہم دسگاہ
زَر چھُم مےٚ رٔچھِتھ دِل تہٕ دِلس منٛز دُعا دِمَے





قاُد پنجرس منز چھُ جاناوار میۆن
بے سبب چھس خوش کران آزار میۆن

ژاُنگی رہہ پوشِر تہٕ عشقس پھوٚر جۆن
موٚل مشک پوشو تہٕ پھوٚل گلزار میۆن

خشمہٕ لوِیُن شلفہٕ پتٕھ اَلبَم نبر
آنگنس منز رِندنہٕ لوٚگ لوکچار میۆن

اَنتھہٕ روٚسی خاموش اُف نارس اَلاو
گُنبدَس منز باندِ گوو اظہار میۆن

ہوٚٹ گولابس ژوٚٹ گُلاس پھاسی دِژ
بٕرگ برگس منز ژماں شہجار میۆن

سڑکہِ پٹھ واوُل رِنداں آوٚر شہر
بوٗز ما کاُنسی سُہ ہاہا کار میۆن

شادرمضان یتھ شہارس منز وُں گس
سوزِ دل گژ زِہبس تہٕ بوزی شعر میۆن





لَوٕ پھیرِس منٛز رٕو پژزلِٹاو
نیٚہہ گٹہٕ بٕرگس بٕرگس چھاو

پژتھ وَتہِ پژتھ بامَس پیٹھ ژونگ
اِستقبالس دژ امُت واو

وٲنٛسَن ہُنٛد اَستانٕے دۄد
اَدٕ کھوٚت پوٚنسَن ٹِلکٹن ناو

اَنہارن ہُنٛد اٲنٕے پھُٹ
اِظہارس ووٚنی کیاہ کرِ گژاو

ییٚتہِ ییتھ شہرس چھا پُرسان
رَتہٕ ئٕرِی وٕتھ چھے آدٕمی کھاو

اٲنہٕ پِٹُس پیٹھ لیکھان اوس
پارٕ دی اَچھرو میۄنٕے ناو

وولہِ از کھالَو اوٚبرس دۄنی
زالَو سنگرمالن واو





زانہِ دَے تُمی کیٛازِ ٲکر باثبر کتھن لُکھ کیٛاہ وَنن
پوٚشہِ وَرشُن روٗد شَر میانبن اَتھن لُکھ کیٛاہ وَنن

یَس نہٕ 'لاٗ' سرنُے تگان تَس کیٛاہ چھُ 'اثباتس' سنُن
کھاٮ۪لتن رَہ مُرشدس یا دوستن لُکھ کیٛاہ وَنن

شعر کانٛہہ پرِ ہے' کتھا کرِ ہے تہٕ محفِل شولہِ ہے
ٲلۍ ٹیٚچھر باوُن تہٕ ٲلۍ زاگُن شہَن لُکھ کیٛاہ وَنن

یَوٚ ہَلَم دأرِتھ مُنجِن اکھ گاشہِ زٕژ دِژمس تہٕ وُچھ
شانٛشہِ نیوٗمُت شرٛ ز چھُ از باکَن کھَسن لُکھ کیٛاہ وَنن

زالہِ نَے اَستان تہٕ زاٰلن رٕچھزِ برٕ ہنگُگ سُہ شعر
رمزٕ باوٕژ مُتۍ تہِ نَے ورٛھنَے کرن لُکھ کیٛاہ وَنن

ٲلۍ ترٛاوِتھ گُلۍ گوڈَن تَل بیٚٹھۍ جاناور سُمِتھ
بانبرِتھ چھِنہٕ شُرۍ تہِ ماجن وَچھ ژہَن لُکھ کیٛاہ وَنن

شاد رمضان یاد پاوَے دوسدآری خاٗر پاٹھ
از اگر تہندبن وُٹھن ووہوٚے سُمن لُکھ کیٛاہ وَنن





زندگی سمکھی پڈس پوٚد کیاہ کرکھ
تاپہ صحراوس ژٕ شبنمہٕ رِتھ درکھ

یتھ ہنگامس منز عجب اجنٔبی ہےٚ چھس
پژ زنتکہٕ احساسہٕ وَن کیاہ کیاہ زرکھ

زندگی خونس بوٚڈتھ لوٚچ کتاب
گُس اَچھُر ملساوٕ ہَن گُس اکھ پرکھ

واو بے موسم پھوٚرم باغس ' دوٚ پُن '
سوٗنتہٕ ہَن ہَن ہرد کالُک پن ہرکھ

میانہٕ قتلُک جشن پاٹھر چھُکھ رِندان
خونہٕ سٔری دامانہٕ کتھ نالس جرکھ

أسی کٔڈکھ بازر تھٔوِکھ وانن ہٕکنی
پژتھ خریدارس ووٗنکھ ژٕے وَن نرخ

شاؔد رمضان چون غم کٔمی زون غم
سادگی منز یتھ نہٕ اتھ پٹھ اوٚش ہرکھ





پوؔت زوٗنہٖ یوؔہےَ وٗتھرٖ صدا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو
کھوؔت آنہٖ لَبن اوٗبرٖ لوؔ نگا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو

زُنہٖ گاش وَتھُرمَس تۂ گُنڈٖم اوٗبرٖ لِشَن ڈیڈی
ژٗروٗپ روٗدٖ جرٛن واوٖ رِنگا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو

وُچھ پِندرٖ دوٛسَو سوٗنتھ یوان دورِ ووٛبوٛ کِنز
ہُتھ برُزٖ پَشُس ووٗتھ سُہ بَہا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو

وولیوٗو جنٛگلی واو بَرٖنی ژاو مُسافِر
مِسمار لَبن پھوؔل تۂ حَیا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو

پُرٛژھمَکھ تۂ دوٗ پُکھ پُرٛی یہِ وَنَو مُنزی سُہ وُپھان ژوٗل
کشکول ہٛتھَن ژاو گدا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو

شُامَس سُہ وُچھُم جامہٖ رٔنگِتھ خوٗنہٖ دوؔپُم دڑاو
صُبحس چھُ وُٹھن لور دُعا ہیوٗ تۂ مےؔ دوؔپ آو





باسیوٚم ژٕ چھکھ اَز تہِ کلینڈر وُچھِتھ خفا
وُنہِ ما چھُ اَویزان لبَن پیٹھ سُہ بے گوناہ

ژٕ یے تہِ ما چھِ پیوان خاب چھیٚنِتھ دُہلی گاشہِ نےٚ
میٚتہِ ما چھےٚ توَے راتھ بنان اَنہٕ پٔژِس آہ

تَس اَس یوان از تہِ کتھَن دورِ مأنزٕ بوے
تَس اَس اَچھ دار لکھان گُل روٗخَن سزا

سوتہِ اَس مےٚ کُن نظرٕ رَلاوان تہٕ گتھ ژٹان
میٚتہِ اَسی گرژھاں خاب اَچھن منز سُمِتھ قضا

یا گوو زِ ژٕ یے ما وُنہِ تہِ وونٛدَس چھےٚ گُمانہٕ سُے
یا گوو زِ مےٚ چھُم از تہِ کتھَن یا اَتھَن شفا

گُنہِ اَس رِنٛدان واو رِنگن ستیٚ ژأنگی رہہ
گُنہِ اَسی گرژھاں گُل تہٕ صنوبر تہِ لا طمع

گُنہِ سیکلہِ پھولان دأن تھٔرا اَس عأن غأن
گُنہِ اَس نِوان سَرِو شِہُل میٚے نِشَن پہا





وُچھہَس تہٕ اَزل لون سمان اوس منٛز اَچھن
پرٛژھہَس تہٕ اَشچ دار دِوان بوسہٕ گُل روخن

وَق چون سٔنڈی جہِ ڈل چھُ وُزان کُکلہِ گگٕو گو
وق میۆن گُلے تیٔتھ چھُ ہَران واو رِنگو پَن

شہرے چھُ ہراسان قلندر چھُ پکان یوٗری
گامن چھہِ اِشتہار اَلَن کوہ سنگر ڈٔلَن

شامہٕ کہِ سویٔڑ گاشہِ اگر یکھ تہٕ میٚے لَبِکھ
صُبحُک شَبابہٕ ہوٚت فضا پأراوِ ما کفَن

یا اوس مےٚ کُن مُدی یہِ گٔنڈِتھ سِری یہِ ژٕیر تام
یا زٕونہِ گوٚمُت ژیر گنڈان چونہِ تارکن

سمجوتہٕ گٔرِتھ پیوٚم دپُن ' آ ' ' نہَ آسنَس '
عرفان سَرن والہِ پٔنٕنی مُتی گتھا ژٕ وَن





سموٗے تہٕ کتھن یارٕ سمَو روو سمَن بَل
دَے زانہِ ژٕےٚ ما آسہِ بدل بس مےٚ یِژٕے گَل

تَم اُسی تَمے ساعت یَمن ہُنٛد چھُ تٕمِس پَیے
تارَکھ تہٕ اَتھَن کبتھ تہٕ روٚٹُم سِری یہِ پَدٕن تَل

سمکھُم تہٕ دوٚپُن تاپھ، سیٚکٕثِل خاب تہٕ وٲراگ
أچھ میانہِ وُچھِتھ کتھ تہٕ ژٕٹن وَتھ تہِ ہیٚژن جَل

سمکھُن چھُ مُقدر تہٕ اگر از نہٕ پگاہ کٲلی
اندیشہِ یُتے چھُم زِ سُہ ما آسہ بے محل

ژٕےٚ چھُ جایہِ ژھوچر چھِم نہٕ مکانس مےٚ بسَن وٲلی
شمشان ژٕےٚ چھے توتہِ مےٚ چھُ قبرِ بدل ڈل

تقصیر قلندر چھُ دِوان آبہٕ سَرن نار
ژَلِھو تہٕ اَما پرأٹؠ دَپان تُمؠ گوڈَے کدَل

باغبر ژٕے گٕرتھ پانہٕ تہٕ پیمانہٕ چھونے پی
کٔوتاہ مےٚ وۄنُے یورٕ دِژٕتھ اورٕ نَہنکل

تدبیر کران شاد رمضان وأنس چھونے پی
تقدیر لکھٕن والہِ دُعا اَنتہٕ وٕں بامَل



(رتن تلاشی سٕندِ ناوِ)



قدمس قدمس لگہٕ ارساتھ
سنگ دِلہٕ ژٕتہِ منگ دُعا خأراتھ

ہلمس جوٚر نم تارَکھ نب
قلمس اَچھرن ہنٛز وَہراتھ

واوٕ رِنگو اکھ ژِہٕہ ٹھہرو
تاوٕ ڈٕزِتھ ما پپٕن حالاتھ

یَتھ شہرس وۄتھ وَرزُن واو
ہُتھ گامَس وُنہِ مائزٕے راتھ

یاونہٕ کوٚت تاں اَنٛہرٕ وَچھ
ہاوس لاگن داوس راتھ

دِلہٕ دُبرایَن تھوٕ ہَن گن
ییٚتہِ چھنہٕ ترٛتھ کانٛہہ آدمی ذاتھ

ییٚتہِ یَتھ سائِنس شہرس منٛز
پانس واتُن بوٚڈ درجاتھ





اَتھن ہۄندی لیکھۍمتۍ شہنامہٕ مولوٗ کھ
گَتھن ہۄند طوطہٕ گَرتامۍ کُلِتھ آو

تبسُم روٗدٕ بُرَو کۄر تٔمِس گُن
گَتھن چھٔس لور رَتھ جامَن چھٔلِتھ آو

بہٕ ژانٛگ رہٕہ بٔنِتھ دژایاس تٔسی گُن
سُہ تیٚی میٚی گُن اَما واوُل وٕلِتھ آو

مےٚ رٔ چھرٔ چھوأنٛسہٕ وادَن ہۄندی دُعا چھِم
سُہ ہرگہہ آو پۄز موسم ڈٕلِتھ آو

اَزل ابدَس وناں شٚیچھ اوس' بوزُم'
خُدا شأہد بہر گلشن پھۄلِتھ آو





زانٛہہ ییٚلہِ چانٛہِن انہارن ہٕنٛز گتھ چھہِ ووٚتھن
میٛانٛہِن کھٕنڈی پھٕٹ شعرن پانٕے سمن وزَن

ژٕے تہِ چھےٚ بعضے اِظہارس دِل راوان ہیو
مےٚ تہِ چھُنہٕ اَنس کُن تنہٕ وُچھنَس روے سمَن

بانٛبر کیٚاہ چھےٚ خابَن ہنٛدی تعبیر گرٕنی
بوزکھ پانے لٕکھ ییٚلہِ ڈاری میٛانٛی پرَن

ٹمی ہٕنٛدِ مَس مُژرنہٕ وٕتھی تارَکھ گردش وار
زَن اَستانس کانٛہہ موٚت شاعر زوٗل کرَن

ژیٚشہِ طما پیٚہن دوہلہِ تہٕ کریشن صحراوس
روتلہِ بازَر نیرن رٕنٛزون یارٕ بلَن

آیکھ موٚت موسم چھےٚ بروٚنہہ بروٚنہہ ہٕکچہِ گندان
دزایکھ بٕرگس بٕرگس ہردُک واو پھرن





اڈٕ بر لِشن جود گرَن تھأوِ جُرِتھ ناوِ اَچھر
رؤدِ رَزَن نار وُہان تاوِ دَزاں أس نظر

شامہٕ سوٗندر جامہٕ چھلان ساز وُزان آرِ پلَن
کامہٕ دِوَس اَہرِ بلکی پأٹھی گژبزان اوس مژر

تاشہِ وَنک شروٗنی تہٕ صدا پیوٗم سرُن چانہِ موکھے
بژمجہِ گُلشن تَل تہِ دوٗ پُتھ سَر ژِ فقط میوٗن گُنبر

جولہِ پُرستان برِتھ شوقہٕ ووٗتھُکھ شہر کُنُن
کشفہٕ کراماتھ گرن والہِ ژےٚ ما سأنی خبر

واوِ رِنگو پان وُلِتھ ژاو وُنی میانہِ بَرِ نی
گژایہِ اکی ہردِ پنَس پھُٹ سُہ رنگین خابہٕ شہر

میأنی چھوگل انگ چھِ ژھان چأنی سیاہ راتھ مُژی
چون گٹُل خاب رہتھ اوس سپُد گاشہِ انبر

ہیرِ پَدبن أس فرٹل چیکھ گنان خونہٕ برِژ
أنہِ لَبو اوس اَسَن وان ہَران بَر مہٕ مژر





وُچھ چھُ قبرن اَس وٲہرِ تھ وُچھ پچھےٚ رِیٚہہ بالَن ووتھان
تاوٕ وَچھ دوٚ دمُت زمینَس خون ہاران آسمان

اَزلہٕ بوٚچھ آدم بےٚ پژھ صحرأوی سفرس منز اَسیر
پأڈٕ کٔیمی ہٕندی پأٹھی پانَے پانہٕ تقدیرس گِندان

تاپلوٕ گرژھ توٗری پھیرِتھ یێتہٕ نہٕ کانٛہہ شہرٕ ے بٔستھ
یێتہٕ چھُ راتھےٕ نار لوٚگمُت یێتہٕ چھُ وُنہٕ نارٕ ے دزان

ہِنہٕ قبر پژٲٹھ تہٕ کفنَس چاکھ دِکھ سینس وُچھکھ
میانہٕ جِگرُک داغ ما بَنہٕ چانہٕ تقدیرُک نِشان

ہےَ ہُمَو خانے بدوشَو شہر ترٛاوِکھ دوٗر ژٔلی
وٕہی یِمَو عصمت فروشو بێے رٔٹِکھ شہرٕ کی دُکان

تِی دَپان کرٛہنیار وٕتِکھ شادرمضانس چھِ لأری
اَسہِ تہٕ کرزانٛہہ دُن یہِ دامن اَسی تہِ چھِکھ ہوہو کران





رتہٕ وانہٕ لیچھم زندگی اکھ کورٕ ورقن ہنٛز کتاب
اَشہٕ وانہٕ اَچھرو ما دِیٖتےٚ پرٛژھلنٕ سوالن کانٛہہ جواب

اکھ اُس تنہائی ، گُنہٕ بیٚیہٕ کھوٚت نہٕ سرِ یِے کانٛہہ نَبس
کرٛ یہنیارٕ ژٕے اکھ ژٕیٖہہ ٹھُہر دیو ٹوٹھِ بیٚیہٕ کانٛہہ نوٚو عذاب

یا گرٛژھ نہٕ آشی زانٛہہ گٔنٛژِ یا گوٚژھ نہٕ یادَن یُن مَژٕر
دَپھ سونٛچھِ سفرُک پرٛتھ قدم بنہٕ العطش پرٛزلن سراب

تمہٕ پرٛانہٕ آستانٕچ بَرن وُنہٕ آسہٕ ما پھِری پھری وُچھان
یتھ وائنسہٕ کُفرٕکی گتھ گرِم پوٚز گوو نہٕ زانٛہہ اژُنک ثواب

یَنہٕ میٚانہٕ تقدیرٕکی ورق نِیہٕ واوٕ طوٗفانن ڈٕہتھ
تنہٕ سوٗنتہٕ ہرُدک کرِ توٚ گُم باللہ مےٚ کرنٔے انتخاب

گژھ تاپلو پھیرِتھ ہتو مازی گسوٗ ییٚمہِ شہرٕ ووٚنی
یَتھ سانہِ آنگن دارِ ووٚنی موٚٹھمُت چھُ کھسنےٚ آفتاب

دوٚشوَے سُٔمتھ اکھ نوٚو فضا گوو پاۓدٕ عالم گوو رٔہتھ
تمہِ چانہِ گامُک موٚت ہوٚس ییٚمہِ میٚانہِ شہرُک اضطراب

نہَ چھُ ووٚشلنےٚ کانٛہہ موٚت ہَوس نہَ چھُ وولہٕ نےٚ کانٛہہ نوٚو مژَر
نہَ چھُ بوٚمبرٕ گتھ یمبرزلَن نہَ چھُ مُتی کرٕہکَن وَرشُن جواب

ییٚتہِ ووٚن رسول میرن غزل ییٚتہِ راہیؔ ین کوچھِ پھاپھلوو
پوٚز شادرمضانن دِتُس اکھ نوٚو طرح اکھ نوٚو شباب





یَتھ لولہٕ بُستی منٛز چھُ مَتاں واو مَٹر میوٚن
تَتھ شینٛہٕ شہرس یٔدی چھِ دَزاں تیوٗت تَٹر میوٚن

یَنہٕ میانہٕ بےٚ پَٹھ وارِ سپدی نارٕ لمبھ پوش
تَنہٕ گرٛشمہٕ گریکن منٛز چھُ پھریکان خشمہٕ شہر میوٚن

رَتہٕ راٗٹھ ژٕہاں وَچھ تہٕ وُپھاں خونہٕ بُرَ چھنٛج
گَتہٕ رینٛز چھےٚ کران سرٛان سپُد میوٗٹھ پہر میوٚن

مَتہٕ ٹُلتہٕ وُٹھن ٹیب مےٚ کٕڈٕ نارٕ طُفاں ژھٹھ
ژھوپہٕ میٲنی اگر پھٹ تہٕ پرٛگرٔٹ پھاکہٕ زہر میوٚن

اکھ کوٕر کاکٕد گوم پُشرِتھ زورٕ دوٗپُن پَرَ
اَند واتہِ کر امہِ گُھلہٕ وَنہٕ منٛزی روت سفر میوٚن

میٚے لاش پٔنٛز زاٗج زُوِس منٛز تہٕ یہٕ کِیتھ پیوٚر
چھُکھ واوِ ہالے ژونگ زالان رچھ مہٕ مٹر میوٚن

ییٚلہِ ساز لفظ شولہِ قلم بولہِ دِلُک حال
تیٚلہِ شادرمضان شعر بنان سوزِ جگر میوٚن





اَنزان وتَن ہٕنٛدی پرٕدٕ پٕڈی آکھ سران اوس
اَسمانہٕ سِتارن تہٕ سٕے کرٕیہنٛیار جران اوس

پرٕتھ ژھاے گہُل وَنِ تہٕ پٕڈِس پوٗد چھُ سِیاہ چاہ
تِم شہر بساواں تِمی گامہٕ تران اوس

کرٕیہنٛیار صُبح تام شبُک دامہٕ سوٗدُر چون
افتابہٕ اُچھو داغ دِلُک ناگ ہَران اوس

یِم میٲنٛی چھوکل انگ چھِ ژٕہان چانہٕ وَچھِ دٕے
سُے چون رِیہُل وَن تہٕ مےٚ گُن شین پھِران اوس

تَمہِ سونچہِ شہر چانہٕ کُتب خانہٕ کُرِن بند
یٚیمہِ میٲنہِ شہرٕ ژھینٛٹہٕ مِتی اخبار پَران اوس





سمکھی اگر تہٕ ڈٲنی زبس سٔدرس کھمان چھُ طوٗفان
ڈٲپی زبس وُجارٕ موسم چانٔس ییَنس چھِ پیاران

'آسُن' پنُن بہٕ تھکبہٕ ہا 'ناسُن' چھُ أر ووٗنتھ
'باسُن' تہِ أس ارزتھ سُہ تہِ ما چھُ تیوٗت ارزان

بوزُم سُہ أنہٕ پھُٹ یُس سانِہ سِرن چھُ محرم
گتھ گرٕھ نہٕ بازرس پیٚنی شہرُک شہر چھُ ژٔرژان

بَر میانہِ اَژ تہٕ دِمہَے دَسہٕ بوسہٕ زندگانی
میانٔس غریب خانٔس سُہ چھُ چون بارٕ احسان

زَزریمتس پنَس اکھ سوٚت واو گژاے کانی
تیشل ہواوِ گتھ پٹھ چھُکھ زور آزماوان

فکری توٗرُم نہٕ ژمی اوٗس تیوٗتاہ زِ جانہٕ وَر ڈٲھی
ہُشیار گوو نہٕ زن ووٚتھ اسمانہٕ روٗدِ باران

شُری پاٹھی زوٗنہِ دوٗرُم راتَس ہلم تہٕ سوٗنچم
اَپزی دِلاسہٕ دیوان پانَس چھُ شادرمضان





سمکھی وُجارٕ دِل ہٮ۪تھ چھُم اِنتظار ؤنی زٕبس
راوَس پگاہ تہٕ پھیرٕبس ژھانڈاں مزار ؤنی زٕبس

یِم گُل پھولان چھِ سونٛتَس برٕ تِم گرٛشان چھِ ہَردِس
سُے دود چھُم مےٚ جگرس سُے چھُم ازار ؤنی زٕبس

راہ گُس چھُ آفتابس شبنم دزان چھُ تاپَس
ہَردُن زٕزُر گولابس سونٛتُک اَمار ؤنی زٕبس

بالَس کھسان تہٕ سوچاں لوسُن چھُ آفتابَس
بالَس وَسان کراں چھُس شوقن شمار ؤنی زٕبس

سمکھُن نصیب اَسِن بوٗزِن خُداے بوٗزِن
وأنٛسَن سو آش پوٚشِن سُے اعتبار ؤنی زٕبس

بوزُم سُہ عشقہٕ پیچان رَزِ پٮ۪ٹھ چھُ پان اَبسان
پرٛژھِہَس بہٕ شادرمضان تَتھ چھُم نہٕ وار ؤنی زٕبس





میٲنہِ دِلبر چانہِ روٚس دُنیا بَساوُن چھا سَہل
دوٚن دِلن ہُنٛد مِیل گرٕھِتھ دِلدار راوُن چھا سَہل

بُلبُلس صحرأوی پوشن نِش چھُ واتُن نیب اَز
شبنمس دِل ہیتھ پٔژن دامن بچاوُن چھا سَہل

سونٛتہٕ اوٚ برس پیٹھ لیکھِتھ پٲغام سوزُن ٹھیک اوس
روٗدٕ بُرن تام وأتِتھ یاد تھاوُن چھا سَہل

چانہِ پُرٛشی شعرن دِوان چھُس پرٛأنی لَے پروُنے طرح
نَتہٕ غزل أزی کیٚن دوٚلابَن دوٗر تھاوُن چھا سَہل

وأنٛسہِ ہُنٛد یارانہِ أسِتھ تشنہٕ ہوٚت ترٛأوِتھ ژٔلُن
کأنٛسہِ ہُنٛد دیوانہٕ دِل پیمانہٕ چاوُن چھا سَہل

یاد پیٚتھ یُن مقبرس پیٹھ ناد دِتھ گتھ کرُن
شاؔدرمضان چانہِ مرنٛگ دوہ مناوُن چھا سَہل





میٲنہٕ دِلبرٕ چانہٕ روٗس چھَم زندگانی گتھ بکار
زانہٕ سُے یَس راوِ اَچھرَن معنہٕ لوَلس اعتبار

یاں تہٕ گوو بڑ اندس دوٗ چھِنز کھوٕری مےٚ دِکھاکھ گز زمین
یاں تہٕ گوو آنگن برَس پینِس ژٕ لیکھَکھ میوٚن شار

نظرٕ مِیل حُسنَس چھُ وُزناواں تہٕ لولس گَل کڈان
صبر کرِ ہے دِل اَما آسُن دِلس پیٹھ تختیار

زندگی ہُند غم چھُ وتراوُن سہل پوٚز چون غَم
خوٗنہٕ ہُری دامانہٕ چیرِتھ چوٚن تہٕ لاگُن بأزی گار

گُل روٗخن پیٹھ زُلفِ پیچانُک وُسن پیٹھ بوسہٕ دِیُن
بُلبلس دیوانہٕ گی وۄسلِتھ أچھَن پھوٚل انتشار

یادٕ وُترِس پھیٚر دِوان چھُکھ کتھ دوکھَن دادبن سَنان
شادرمضان یا تہٕ گوٚژھ آسُن غمن چانبن شُمار





جانانہٕ مےٚ کوٚڈ چانہِ موکھَے دِل پٕنُن بازار
سامانہٕ مولُل چھُس تہٕ اما کانٛہہ نہٕ خریدار

اَستانہٕ گنٛڈم دٕش تہٕ بوٚزُم چون تمَنا
دامانہٕ اوٚ دُر چھُم تہٕ بہٕ چھُس پانہٕ خطاوار

سمکھُن چھُ لیٚکھِتھ لانہِ اگر اَز نہٕ پگاہ کانٛہہ
دَپھ میٲنہِ جِگر گوشہِ مٔنزل دوٗر تہٕ دشوار

گُس زانہِ مےٚ گُس غم چھُ دِلس دمبدم کوران
گُل بَرٕ چھِ گرٛھان سُے چھُ دِلس بُلبلس آزار

یا گوٚژھ سُہ شِہُل ساعت تُسٛنٛد راتھ بٕنُن دوہ
یا گوٚژھ نہٕ شبستانہٕ شبس یِنُن سُہ مدنوار.

سُہ چھُ اَنہٕ لبَن اَز تہِ چھلان داغ ملان سوٗر
یہِ چھُ شادرمضان زوٗنہٕ شبن خوٗنہٕ لیکھان شعر





بێیہِ تہٕ وٕژھ گتھ چانٛی بێیہِ زٔو آیہِ زخمن زایہِ شار
بێیہِ تہٕ خود راہ گوو یہِ دِل بێیہِ روو صبرس تکنیار

اَز تہٕ تھاوُن دارِ پنجرس پوٗژ ڈاجن میانٛی گتھ
اَز تہٕ وولُن اَنہٕ لبہِ پٮ۪ٹھ بون تہٕ پرٛوٹُن ژانگی تار

اَز تہٕ باہر اَس تَس پوٗز زٮ۪ٹھروون خاَر پاٹھ
اَز تہٕ آنگن برَنہِ تاں تمی پۆت نظر دِژ بار بار

یا تہٕ برٛاندس پٮ۪ٹھ نصف راتن سو لۆت لۆت زوٗن وٕژھ
یا تہٕ پۆت سحرن سو بولان اَس لنجہِ پٮ۪ٹھ جانہٕ وار

اَز تہٕ پھوٗرم اَچھ تہٕ بُلبُل اَز تہٕ صُبحے دارِ بیوٗٹھ
اَز تہٕ کُتی جو اَلی ییرٕنی ہێتی تہٕ وولِستھ پھۆل اَمار

یاد پیۆو تس راتھ اڈلیۆک خاب تعبیرس سنیۆو
شاد رمضانس تَس پۆتُس پاوُن ژٔتس پیۆو چون شار





وَق زان غنیمت چھُ مدنوارٕ کتھا کر
گُس زانہِ پگاہ پوشہِ زمانس پٔنن بسر
پاوکھ ژٕ ژٔتبس خاب پھولَن بُرزٕ پشِن گُل
باوکھ ژٕ ووندٕچ کتھ تہٕ بہَن دارِ جانہٕ وَر
گُس شوقہِ رۆ چھتھ دِل تہٕ کسُنٛد لول پھۆ رُے ہول
چھَس سونٛتہٕ یمبرزل پھٔلِتھ آءرٕ چھیا خبر
دُنہِ سونٛچہِ پدٕبن تَل چھِ زُوان خاب تہٕ تعبیر
دُنہِ ژھایہِ ہٕلس گُن چھِ گِندان گُل تہٕ صنوبر
اَشہِ وانہِ چھوٚلِم داغ گلالس وژھو اَچھو
مَس پیٛالہِ چۆوم دامہٕ جِگر پھۆل شبس سحر
وولہٕ از تہِ چَمو دامہٕ سۆدُر شامہٕ گٹن تل
ترٛشھ راتھ سرو یَتھ نہٕ پھولی وأنسہِ کانٛہہ سحر
گِنٛدِ شوخ جوأنی تہٕ عشق شولہِ سمندر
کھَسہِ شادرمضان ہِریٚ یہٕ نبَس سون شبس تر





دَس بوسہٕ دِمے دِل تہٕ جگر سون اگر یِکھ
رَتہٕ زۄل کرے گام و شہر سون اگر یِکھ

کلہِ چانہِ مےٚ کیٛاہ پیٛوِ نہٕ کرُن کیٛاہ نہٕ سرُن پیٛوم
بلہِ دِل تہٕ ژلہم زیٛوِ تہٕ کجر سون اگر یِکھ

زۄلہِ چھَم نہٕ سیاہ راتھ سران گووٕ مےٚ سبٹھاہ کال
پھولہِ شامہٕ گٹن تل تہٕ سحر سون اگر یِکھ

وَچھِ دأر تھٲوم وٲژھ تہٕ کوٚرُم بڑانٛدٕ بَرس گچھ
دَچھِ رأٹھ ژلہم لأنی ہجر سون اگر یِکھ

گُس زانہِ چھُ رتہٕ بانہِ گوٚمُت دِل مےٚ گُلالس
تہٕ چھُ میٲنہِ جگر گوشہِ پزر سون اگر یِکھ

گِندُنا چھےٚ جوأنی تہٕ غنیمت چھُ سمن ساعت
لولس بہٕ وندَے ہول مژر سون اگر یِکھ

یہٕ چھُ لانہِ لیٚکھتھ میٲنہِ بہٕ چھُس گُن تہٕ گُنہ چھُم
سُہ چھُ شادرمضان چون بجر سون اگر یِکھ





بہٕ نَے خط چھون راتس بێیہِ تہٕ بێیہٕ پرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا
پٔنُن خونین دِل ژانگبن تہِ نَے برٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا

گُنٕے زوٗن چارسویَس پیٹھ بہٕ وأنُسن ہنٛدی زَنم ژٔرژان
سِیاہ سفرک شمع واوس تہِ نَے دَرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا

أنٛدرٕ ری یادن ہٕنٛدِس تتھ أنہٕ خانس یام مُژُرم بَر
نێبرٕی نَے دامنَس نالس تہِ گُل جَرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا

کتھن ہُنٛد طوطہٕ ووٕنی بازَر کڈُن ما اوس یی ممکن
أچھو اَشہِ وانہِ بوٗ ڈُمت دِل تہِ نَے ہرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا

شمع زوُلُم پٔنُن اکھ اکھ تمنٔنا۔ واوٕ صحراوس
طمع منٛز باگ سٔدرس ناو نَے گرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا

ژٕ ےٚ پُشرُ ے بے خبر پأٹھبن زمانن شاد رمضان غم
پٔنُن ہمدم بٔنتھ نَے زَر پٔنُن ذرٕ ہاتہٕ کیٛاہ کرٕ ہا





گِندُن چھا وۄلسنس یُن دِل امارس
حُسن مولوُن تہٕ کھولگھ لول دارس

سُہ یاوُن گوٚژھ تہٕ آدن کان ہتھ یُن
بہٕ وندٕہَس زُو پٔنُن تتھ پانٔژارس

غنیمت پژارُنے لولس رچھُن دِل
وُمبر گژھِ تیژ آسنۍ انتظارس

حُسن شژاوُن گولابس تازٕ یاوُن
عشق توقع رچھُن گوو اعتبارس

تُسُند وۄلسن تہٕ رُم رُم سونتھ پھولہٕ وُن
بہٕ بُلبُل گتھ دِوان چھُس نوبہارس

عجب محفل عجب افسانہٕ تُمۍ سُنُد
دَزاں رۄدس بہٕ راتس ژونگ تارس

غزل بوزتھ وَزٕنی گژھِ ساز محفل
کراں چھا شادرمضان معنہٕ شعرس





دِلبر چھیا مَشرف گوٚمُت تَمہِ وعدٕ پیمانٕک شہر

یٚیتہٕ زندگی ہُنْد پژتھ سفر گُذروو یِکوٹہٕ یاد کر

تَمہِ دردِ گاہکی سوٗنتہٕ سَر یا ہرٕدِ زاٗلن بونہِ پَن

ووٗنی کونہٕ بے موسم شہرُکن چھی دِواں زانہہ پوٚت نظر

ہے جوگہِ میاٗنی لاٗنی رِکھ یِنہٕ کاٗنسہِ ووپرس نِش پرَکھ

بے دہن لاٗرِگتھ تم گرن عُنوان افسانن زبَر

ونہَے تہٕ ڈلہِ ما اعتبار پژھہے تہٕ راوی پانٔنیار

پتہٕ کیاہ کرَو ٔکتھٕ دبن برَو یتھٕ چھا دِلن دون یُن ہشر

سمکھن نصیبس اٗسےٚتن ، سمکھَن ہٕرتھ پین ہرٕدِ پَن

یاوُن ژتبس پیتھ تنبلن راوُن چھُ یادن یُن مژر

دَشہِ میانہِ گنڈٕنک اشتہار لوٗگ نا برَس چاٗنس زٕہنٕ

اَشہِ وانہِ کوٚرمے گچھ گُٹھن وَتھرٕنے بَدن مُژراو بَر

غم چھُم یتےٚ تتہِ زانہہ بَنیا یاوُن بہٕ وُچھن اکھ بژژاہ

سمکھی تہٕ ڈٕپی زبس مرنہٕ برونٹہہ ہیٚزِ شادرمضانس خبر





سونزلہِ رنگ وہ شلو دِلن دوُپ کُس سَنا مستانہٕ آو
عشقہٕ پیچانن تہٕ اَبسوو پان گوو جانانہٕ آو

رَشکہِ گوو دیوانہٕ دِل شوقس تہٕ شامس پھوٚل شفق
زُلفہٕ تھتھرایَو وٚنُم وُچھ کوکلِ پیچانہٕ آو

گُل پریشاں گوو اگر بُلبل سپُد محرم سِرس
شبنمس پیٚو دِل رَچھن پانَس دِتھ دامانہٕ آو

تاپہٕ صحراوس پکاں اکھ وأنس ووتُم وَتھ ژھنڈان
تھاوِ ہا ژھبدِنس قدم اکھ ، واو ہیتھ بارانہٕ آو

زانہِ کُس از کیاہ چھُ سپدن وول لولس ہول پھوٚر
معنہِ حرفن کیاہ کرو از جانِ جانان پانہٕ آو

شادرمضان چانہِ پرُژی چھس خانہٕ کترٕن وُنہِ رِنداں
یادِ صحراوس پکاں صبرس پھٹِتھ پیمانہٕ آو





مَتہٕ شوخ مۆت مستانہٕ دِل پیمانہٕ لولُک چووتھن
تٔنٛبلووتھَن مۄشِرووتھن اَدٕ کونہٕ زانٛہہ رَٹِزنووتھن

گِلہِ ٹۄری پھۆلی سُلہِ ژٕری یِکھ وِلہِ وِلہِ تہٕ باسیوٗم پۆز اَما
ووٗنی ڈالہِ یورَے سوزِ ہے پرٛتھ مۄسے زَزرووتھن

پرٛتھ لولہٕ بیمارس دِوان بوزُم دپان تعوِیزٕ چھُکھ
رَتہٕ لیۆکھمُت سُے میوٗن خط اَشہِ وانہِ یُس نٔہنووتھن

یَنہٕ چون اۆش تھووُم رٕچھِتھ پٔننِس اَچھن منٛز دِلبرو
تَنہٕ ماہۆ رُم زانٛہہ ٹارِ اۆش یۆ دوَے یہِ دِل وَدنووتھن

ژیٚتہِ یاد آسی حالِ دِل میٚتہِ یاد چھُم لولُک سفر
پرٛتھ شوخ قدمس پیٹھ پٔنُن آوارٕ دِل اَزمووتھَن

زندٕ پانہٕ دِمہٕ ہے زندگی حُسنَس تہٕ کرٕ ہا بنٛدگی
غم شادرمضان چھُم یِتُے کر لول زانٛہہ پرٛزنووتھن





باخُدا دِل تھٕلاواں چانہِ اَچھ
جامِ عرفان چاوناواں چانہِ اَچھ

جامہِ جَم بُری بُری چھُ دون کھاسہٕن اَما
شامہِ پٔتی چھَم ہِندرِ ساواں چانہِ اَچھ

لۆکہِ باتن ہُند مۆدُر مَس بأگران
عیدٕ ہُند رۆف بوزناواں چانہِ اَچھ

زندگی ہُند غم چھُ بۆمبراواں سمے
نغمہِ لولُک ٕگنگراواں چانہِ اَچھ

شش جہاتس نۆر ورشُن بُتھ چھلان
گُل روخن اَشہِ وانہِ ناواں چانہِ اَچھ

شادرمضانس تہِ چھُے مشرف گرٕھاں
ناد دِتھ چھَس یاد پاواں چانہِ اَچھ





دِلن دوٗپ اَز پئُن جانانہٕ واتم
خُدالیس پَتھ چھُ دِل دیوانہٕ واتم

شمع تارس دَزاں چھُس رأتی راتس
طمع دزنک مَژر پروانہٕ واتم

رٔ چھِتھ اوُسم یہٕ دِل دَس بوسہٕ کوٚرمَس
خبر ووٚنی تورٕ کیٚاہ نذرانہٕ واتم

ہوا تاں زاگہِ روٗ زِتھ کاروانس
گواہ چھُم دِل دیان دَرمانہٕ واتم

گراں روٗدُس بہٕ وأنسَن اَچھرٕ آذر
سراں چشمن اندر استانہٕ واتم

خطن روٗدُم دوہے مضموٗن بَدلاں
وَتن وَتھرِتھ چھُ دِل دوٗ پانہٕ واتم

منگُن دوٚپنَم منجامَس شادرمضاں
شُرِس بُلبَٹ گِندَن سامانہٕ واتم





وونؠ آش مے بَس چایٕنؠ چھمَے چانہٕ غمَے آس
وولہٕ یاد پاوَے پڑایٕنؠ سَمَے چانہٕ غمَے آس

ہٮ۪تھ آشہٕ ہلم آس دوہَے چانہٕ برٕنؠ تل
لٮ۪یہٕ دارِ ترٚوٚ پرٕتھ چمہٕ خمَے چانہٕ غمَے آس

تَتھ دارِ ہنگس وُنہٕ چھےٚ نظر میٲنؠ اَویزاں
یَتھ گُن لجوٗوے کارِ تھمَے چانہٕ غمَے آس

وٚل آفتابس کالہٕ گٹو نال سپُد شام
بون یام ترٛ ووٗتھ زُلفہٕ خمَے چانہٕ غمَے آس

مخدوٗم ہیرن پاد لوٗسی یاد ژٕے ما چھےٚ
دٕش پانہٕ گنڈتھ عشقہٕ کرٕہمَے چانہٕ غمَے آس

پٕری ناوٕ اَچھر چایٕنؠ مے تسبیح تہٕ دِتم گتھ
کٕری سجدٕ اَمی زیروبمَے چانہٕ غمَے آس

تمہٕ ژٕ ندرٕ موکھک نقش دِلس اندر کھٕنتھ چھم
وونؠ شادرمضان کور نمَے چانہٕ غمَے آس





وأنس گے پیاراں مُتِس مستانۂ یارس آو ما
وُنہِ تہِ چھم باقےٚ مے گرٛتاں شہہ شمارس آو ما

از تہِ چھا سُے کوچہِ آنگُن کُٹھ مکانٚک دِل ملوٗل
از تہِ چھا سوے دأر سُے بَر انتظارس آو ما

از تہِ چھا حأران أچھن منٛز بَس تِمس سُے اکھ سوال
از تہِ چھا راواں تِمس دِل اعتبارس آو ما

سَتھ وٗں گے سوراں اما زانٛہہ ما خطن سوزُن جواب
وَتھ چھےٚ وَتھرِتھ چشمہِ یارس یَتھ شہارس آو ما

پیتہِ پھِر وۄتھ پھۄر جنونس شوق گوو دیوانہِ وار
تیتہِ پھِر سۄزم تِمس دِل زارِ پارس آو ما

شادرمضان وعدٕ تِمی سُنٛد اوس واتُن مرنہِ برونٛہہ
سونٛتہِ پھۄلی بَرِ ہردِ گے سون مزارس آو ما





ژۄرِ ژھیٚپہِ تَمہِ پنجرٕ مژی تراوِنی نظر یادِ ے چھیا
دارِ بَر ترٚپرِتھ ہرُن خونِ جگر یادِ ے چھیا

دٔش گَنڈٕنی مخدوم ڈیڈٕبن کھور رَٹنٕے پیٚرن مَتین
لولہِ کٔمن سودا گرَن تراوُن یہِ سَر یادِ ے چھیا

ناوِ کٔمن اَچھرن گرُن استانہٕ تَتھ سجدا کرُن
گَہہ پرٕنی تسبیح گہے کفرُک مژر یادِ ے چھیا

چونہِ مُژراوِتھ شونگُن الَم پھِرُن وۄشلُن کھسُن
زۄنہٕ راژن نِندرِ ہوٚت مژرُن سُہ بَر یادِ ے چھیا

لۆکہٕ اَرساتَس اندر اَنزان لٲگِتھ بُتھ پھِرُن
میۆن وَچھ پٔژرُن ہرُن خونِ جگر یادِ ے چھیا

سرٛانہٕ پچہٕ پیٹھ میانہِ جگرُک داغ گوو ظاہر ژےٚ نِش
پیٛوٗر گہہ کھاٗلن گہے پرٛاٮ۪ٹنیٚ قَبر یادِ ے چھُیا

میانہِ غزٕلکۍ شعر دیوارن لَبن کوچن جرٛنیٚ
پیش نٔہناوُن گہے لاگنیٚ زَبر یادِ ے چھُیا

ح ، ا ، م ، د، ہ بَس یاد روزِہم یاد چھُم
ڈالہِ سوٗزِتھ شاد رمضانس اَچھر یادِ ے چھُیا



## اکھ شعر

نیٚبری چھُ وُڑان واوِ قہر خدایہِ کر تہٕ سہل
مَنِس چھُ نار جولہِ نبر خدایہِ کر تہٕ سہل





یُتھ نہٕ زانٔہہ وعدس ڈٲلکھ سوے روزِ لوٚلس پام ہو
یِنہٕ ازل لأنس تہٕ وقتس ٹلہٕ ژٕ دِکھ الزام ہو

چون موٚت یاوُن چھُ میانہِن شوخ چشمن منز ٕ پچھِتھ
یِنہٕ سا وٕش تراوکھ تہٕ اوٚش میوٗنے کرَکھ نیلام ہو

میوٗن غم ژینِتھ سیکِیُل صحراو آبے آب گوو
چانٔی مانٔزے نَم وُچھِتھ اَچھرن وُزیو اِبہام ہو

واے میانہِن شوخ ارمانن بوٚرُتھ ما لول زانٔہہ
میانہِ ناوَے ما کوٚرُتھ ارپَن پنُن کانٔہہ شام ہو

پھُر اگر چانٔس جنونس میانٔی ہِش دیوانہٕ گی
پرٛتھ دُعا اَدٕ واتہِ عرشس پھٹھ بٔنتھ پانٔغام ہو

گرٛہ خدا بوزِن مہٕ لوٚسن چانہِ حسنک آفتاب
وأنسہِ ہُند اکھ اکھ تبسُم وأتہِ نَے انجام ہو

لولہٕ اَچھرن ییٚتہِ پھرٛان دیوانگی شوٗقس جنون
شاد رمضانس کوٚرُتھ گُلی میوٗٹھ تیُتھ اکھ گام ہو





مےٚ وأنس ووتُم سوال سوزان جواب وأتن خُداے بۆ زِن
ژےٚ شوخ اَچھرن شمار گری گری حساب رأوِن خداے بۆ زِن

کتھَن چھُ آمُت منع زبر گوو وتن تہِ لیکھِتھ قسم تہٕ درٕ ے چھم
نظر رلاوٕنی گونَہہ تہِ مانو ثواب أسن خداے بۆ زِن

دِلَس چھُ باقٕے اَکُے تمنَنا گوٚژھُم سُہ سمکھُن قبوٗل تھاوُن
پگہہَ چھُ واتُن سحار پھولہٕ وُن نِقاب أسن خداے بۆ زِن

ہِتَل تہٕ ہاژٕل چھُ میوٗن دِلبر خبر تُمِس کیاہ چھےٚ پیٹھ پرکل
غُبارٕ ہوٚت دِل تسُنْد تہِ میٚے ہیوٚ بتاب رٕو زِن خداے بۆ زِن

مےٚ صبح کیٛن بے شمار زخمن خُدایہِ ووٚنی گوٚژھ شمار از یُن
ژےٚ رأژ ہُنْد پژتھ امار کرِتھ سراب بأسن خداے بۆ زِن

نہَ بے وفأیی ہنْدُ ے تَصوٗر نہَ کج ادأیی ہنْدُ ے گُمانے
وُٕل شاد رمضان ترٕژھن کتھَن ہنٕز کتاب لیکھِن خداے بۆ زِن





ژےٚ سوٗنٛتہٕ لالہٕ سۆزتھ دِمے گولاب وولو
خیالہٕ چانہٕ گوٚمُت چھُ دِل بیتاب وولو

بدَس اگر تہٕ آسِم مےٚ چون تن بدَن زانٛہہ
قدس مےٚ چشمہٕ لوسن وُچھان شباب وولو

یہِ صبح تہٕ نوٗرٕ ورشُن سُہ شام تہٕ زوٗنہٕ گاشُر
تھَوے تہٕ شوقہٕ تھاوَے ژےٚ دستیاب وولو

یِتے ژےٚ یاد روٗدُے سُہ کل ، سُہ جانور ، أسی
ژہتس بہٕ پوٗرٕ پاوَے عجب سُہ خاب وولو

خبر ژےٚ یاد آسیا سُہ زوٗنہٕ گَہہ تہٕ وولسُن
دۆپُتھ ژےٚ دِل قرارس مےٚ اضطراب وولو

مَتیا ژٕ گوکھ نیرِتھ مےٚ کیاہ خبر ، خبرِ کوٚت
وَتن بہٕ چشمہٕ وُتھرَے وٕں چھُم نہٕ تاب وولو

صبر کوٚرُم وُٹھن پیٹھ اوٚنُم نہٕ خونہٕ سُری دِل
اگر تہٕ شادرمضان چھُ در عذاب وولو





مَتیوٗ یِکھے تۂ چھاوَکھ یہِ پوشہِ موٚت بہار
خبر ، خبر چھَیا کینٛہہ مےٚ ما چھُ ژےٚ روٚس قرار

ژےٚ زَنتہٕ شوخ یاوُن شوٚنگِتھ چھُ گُل روٕخن پیٹھ
مےٚ زَنتہٕ نِندرِ وٕتھٕمتۍ چھِ وُنۍ وُنۍ امار

سُہ شام تہٕ شوخ یاوُن یہِ سونتہٕ پھُلیہِ وَن
ژےٚ روٚس بےٚ معنہِ مطلب مےٚ گَتھ لگن بکار

یِکھَے تہٕ پانہٕ سرٕ ہکھ سُہ تمبرِ پھُلیہِ زوٗل
سُہ کٔتۍ جہِ گُکلہِ وَنہٕ وُن سُہ سٔند کۍ جہِ مُشکہٕ دار

گرٛھاں چھَیا ژےٚ آوٕر نظر یہِ وُچھنہٕ برٛآٹھ
سُہ ہردٕ بونہِ ووٚشلن سُہ سونتہٕ اوٚبرٕ نار

زہر تہٕ زندگی ہُنٛد چوٚوُم تہٕ ہردٕ واو
وٕتھر وٕتھر ہَراں چھُس زَزُر گُلِس جہار





مےٚ واراہ کال پڑاران گوو جوابس
خبر نیرِیا تہٕ زانِہہ تعبیر خابَس

کتیوٚ ژھانڈتھ کوٚتو پاٗغام سوزے
متھوٕ مستانہٕ دِل چھُم اِضطرابس

ژٕ ندرٕ موکھ چون ڈیشِتھ پھوٚل گٹن گاہ
ہلم داٗرِتھ بہٕ کتھ چھُس آفتابس

بہٕ روٗدُس زندگی ہندی راز مولوان
ژٕ روٗدُکھ ساز بَس شیران ربابَس

یِنا پڑاٹکھ قبر دِکھ چاکھ کفنس
یِنا پرُسِش لگِہم گونہس ثوابس

روٚٹُم درگاہ اٗچھن تل راٗتی راتَس
صبح پھوٚل گتھ دوان اوُسُس بہٕ کعبس

کرکھ گَم معنہٕ شعرن شادرمضان
فرق کڈٕتھے ژٕےٚ ما سدٕرس سَرابس





چانہِ موکھٕ چھَم بے قرأری میٖانہِ جانانو وٕلو
چھُم أچھو کنہٕ خون جأری میٖانہِ جانانو وٕلو

چار سو ئیس پٔٹھ تھٔکِتھ پیوٚمُت چھُ میونُے اِنتظار
بار گوٚب گوم پژأری میٖانہِ جانانو وٕلو

رأتی راتس چانہِ پُژی رٕوٗدُس شمع تارس دزان
گاش پھوٚل برنٛبن چھِ تأری میٖانہِ جانانو وٕلو

چون روٗخ درگاہ أچھن تل چھُس کراں کعبَس طواف
دِل کراں چھُم شب بٕدأری میٖانہِ جانانو وٕلو

یُس وَ سُے میٖأنس غمس مولواں کِئُن بازر کڈاں
گُس کراں چھُم غم گُسأری میانہِ جانانو وٕلو

زاگ ہیتھ روزے مےٚ پھولِہن باغ وُزہن سیکلہِ ناگ
داغ ژٕلِہَن یکھ یَپأری میٖانہِ جانانو وٕلو

وعدٕ کوٚرمُت یاد ما رٕوٗدُے چھُ دُنیا بے وفا
شادرمضان دم شُمأری میٖانہِ جانانو وٕلو





میٲنہٕ دلبرٕ دردٕ گامن کونہٕ آکھ
کأنسہٕ ما کوٗ رمُت یِنَس چھُے یور ٹھاکھ

چانہٕ پرُزٕ خأراتھ تھاوٕم زندگی
میٲنہٕ مَتہٕ وَن سون آنگن کونہٕ ژاکھ

نامہٕ میٲنی کیٲزٕ ووپرَن نِش پرِتھ
پامہٕ بوٗزِتھ پیوٗ وکرُن جامن مےٚ چاکھ

نظرٕ لوسم چھُس وَتن چانبن وُچھان
میٲنی گَتھ بوٗزتھ ژٕٹھ وَتھ چشمہٕ دژاکھ

شادرمضان چانہٕ تقدیرُک ورق
نیوٗ ڈٕہتھ واون تہٕ اَچھرو کوٗر مذاق





چھوکن میانِن ژِ چھُکھ بُلغار مدنو
دو کھَن دادٕ ن غمن غمخوار مدنو

شِلس پھوٚرہَم تہٕ تژٕ اَوتھ دوٚر ژوٚلہم
دِلس میانِس چھُ سُے آزار مدنو

ژِ مولوان بندگی چھُکھ مارکن مژ
بہٕ للوان زندگی ہُنٛد بار مدنو

زبر گوو زانہہ تہٕ ماخبرے ژِ آہم
خبر اَسِہ بہٕ چھُس بیمار مدنو

ڈلُن قولس گواہ ژھارُن روا چھا
کرُن لولس سُہ گوو باپار مدنو

روٚٹُتھ اَتھ لولہٕ بدنس کیٛاہ ملالے
ژوٚٹُتھ دِل میوٚن از تلوار مدنو

ہبکان گس شادرمضان بارعشقن
لگان گس لولہٕ سٕدرس تار مدنو





کھش کوٚرُتھ میٲنین امارن جان گوو
پانہٕ بیوٚٹھکھ شالہٕ مأرن جان گوو

آہ کوٚرُم نا یوٚد ژےٚ لأیِتھ تیرِ میٚے
واہ کران چھس سینہٕ دارن جان گوو

اڈکھشے ترأوِتھ ژلُن اوسےٚ غرض
کھش تھوٚوُتھ دِتھ تلوارن جان گوو

برونٹھ کر زوٗنم ژٕ نیرکھ بے وفا
ڈونٹھ ترووَتھ نوبہارَن جان گوو

یاد کر حُسنس تہٕ لولس پھوٚر جنون
أہرِ بل کنہن آبشارن جان گوو

میوٚن غم مولوٗتھ کوٚڈُتھ بازَر کئُن
چون ہمدم خون ہارن جان گوو

شادرمضان خونہٕ لیوٚکھمُت چون خط
زوٗنہِ پوٚر بوٗن ستارن جان گوو





جانانہٕ وڑایَس پَرٕدٕ نبر دردٕ چانے ہوٗ
نَنہِ وانہٕ ہیٚژم پامہٕ کوٚرُم چانہِ چانے ہو

یا شامہٕ گٹَن تَل چھُ گِندان سِرِ یہِ حُسن چون
یا جام کہکشاں چھُ وساں براندٕ چانے ہو

وٕتھ روزِ پکان رٕتھ تہٕ وٗری ما چھےٚ ٲہنٕز گرٛند
پرٕٛتھ معنہِ پوٚتُس پرٛانہِ یہِ ما لول پرانے ہو

باغس بہٕ پھوٚجس گُل تہٕ روٚزِ چھُم منٛز اَچھن بُلبُل
ناگس مےٚ لٲجم ترِیش چیٚیم شوٗژِ شانے ہو

مَدہوش سرس جل تہٕ قُمری جل ترنگ وایان
پمپوش گٔرِتھ زوٗل وَساں روٗدٕ شرانے ہو

گامن بہٕ لٲجس شامہٕ سوندر کامہٕ دِوس پتَھ
شامَن مےٚ گرِم زٲنگی اَچھن شوقہٕ چانے ہو





پوشنوٗلنٕ بولبوشَن ہوش نیٚونم بائلی یے
سوٗنتہٕ شٔیچھ ہیتھ آو پوشَن ہوش نیٚونم بائلی یے

بومبرٕ گٔتھ یِمبرزلَن ڈیٖشتھ چھُ وٗشلن مسولَن
رشکہٕ تہندے عشقہٕ جوشَن ہوش نیٚونم بائلی یے

شوخ یاوٗن چون چشمن منٛز رٔچھتھ تھوٗوم اَما
توتہٕ نادان دِل چھُ روشَن ہوش نیٚونم بائلی یے

چانہِ باپتھ پٔرتھ تمٔنا شوقہٕ پٔارأوِتھ تھوٗوم
زانٛہہ گوٚوے نا میوٗن گوشَن ہوش نیٚونم بائلی یے

میوٗن دِل نذرانہٕ سوزُن چون وٗشلُن تنٛبلُن
ژیٖری بوٗوم نیٖری پوشَن ہوش نیٚونم بائلی یے

شادرمضان شار بوٗزِتھ چانٛنی مہجور واہ کران
کونگ رُسُل میرٕنی چھےٚ توشَن ہوش نیٚونم بائلی یے





گوٚ روشہِ ژوٚلہم دِلبرے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے
چھتہٕ خونِ دِل کھاسبن برَے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے

سُلہِ سوٚنتہٕ پوٚشن لُج پھُلَے
باغن چھِ بولان بُلبُلے
وٚلسان چھےٚ سونتچہِ وُزملے
مولہٕ وان چھےٚ پانس بازرَے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے

وِرِکیوٚم تہٕ کستوٗر جل قُمیور
یمبرزلن ہُنٛد موٚت بوٚمبوٗر
سوٚت پوشنوٗلن ہُنٛد سروٗر
فضہَس چھےٚ اُلجمٕژ اچھ درَے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے

وُچھ آبشارو ہیوٚت گربٕزُن
جویو تہٕ آرو ٕگنگرُن
جاناورن ہُنْد روٗو کرُن
شوقس چھےٚ آمٕژ سوندرے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے

یِنہٕ ژٕری لاگِکھ دِل ہَرن
یٔمبرزلن کیٛو مَسولَن
رنْزوِتھ تہِ تِم ما سنبلن
تنبلن تہٕ سپدن گُل برَے
یِکھنا تہٕ پوٚشن گوٚندی کرے





سَمو تہٕ عیدگاہَن پَرو تہٕ عید نماز
سَرو درودٕ محفل تہٕ شوقہٕ عشقہٕ وعظ

رِوان تہٕ چانہِ برٕتل نِماں چھُ ذَر ذَراتھ
خُدایہِ سانہِ ژٕے چھُکھ بَرتر تہٕ دِلنواز

چھِٹل چھِ کوچہِ آنگن رقص رقص وجود
فضا تہٕ ٔگنگراواں چھُ بوٚمبرٕ ٔگس گٔداز

اَزل اَبد تہٕ رقصاں پران چھُ لا اِلٰہ
عرش زمیں و آسماں چھِ چنگہٕ نے تہٕ ساز

صبح تہٕ نوٗرٕ ورشُن چھُ شام تہٕ تمبرِ زوٗل
دُہل تہٕ حوٗرٕ وَنہٕ وان گٔنڈتھ چھِ وِگنہِ ساز

گٔنڈِتھ چھِ ڈٔرِ تہٕ وَنہٕ واں کراں چھےٚ گٔتی جہِ روٗو
دُعا دُعا چھُ باوان کرُکھ وُمبر دراز





عید آیہِ گہہ ژھوٚٹ سنگر مالو
بالَو ہے کوٚر پوشہِ ورشُن
اِستقبالس اِسبنٛد زالو
بالَو ہے کوٚر پوشہِ ورشُن

روشہِ مَتہِ پوش پھوٚلی یِکھنا سالو
شولان بولان چھِ جاناوار
باغ پھوٚلی داغ چھٔلۍ مَتۍ گُلِ لالو
بالَو ہے کوٚر پوشہِ ورشُن

عاشقو عشقُن مَس چوٚو پیٚالو
چیتھ چھُکھ وۍتھِ ہُنٛد ہیٚو خۄمار
حورن چھُ پرٛزلان نورٕ جمالو
بالَو ہے کوٚر پوشہِ ورشُن

موہڑ بَر ہلمس بأ گر تھالو
شوہڑ پیؤو عالم گوو بیدار
نیہہ گٹہِ زن دِیثت ملگو آلو
بالَو ہے کوّر پوشہِ ورشُن

دِلبڑ دؤربر کوتاہ ژالو
برتل سَر گر چھُم آزار
مڑ ما ووِلہِ از دِل سنثالو
بالَو ہے کوّر پوشہِ ورشُن

وَسہِ ویسی آنگن دِمہِ وَے آلَو
ڈری گنڈی گنڈی وَنہِ ناوَو شار
ثروِنی دار رونہِ گوڈ گنڈی مُن غزالو
بالَو ہے کوّر پوشہِ ورشُن





مبارک عیدِ قربانس مبارک
خُدائی شوخ فرمانس مُبارک

شرف بخشُے خداین آدمس تھوٚد
پِتھِس اَتھ بارِ احسانس مُبارک

حکم پیغمبرن وۆتھ کوٚرُکھ سَرخم
شُبکھ نا اتھ تھٔدِس شانس مُبارک

چھے راضی عید آسن روزدارن
چھُ تِھنٛدِس صبر و ایمانس مُبارک

أزِ یُگ دوہ عید گاہَن منٛز منأدِی
گرو شأدی مُسلمانس مُبارک

سَرو یوٚد عیدٕ ہُنٛد معنے کرو نا
دِلو منٛزی شادرمضانس مُبارک





عید آیہِ عید قربان سوندرو
عاشقن چھُ عشق ایمان سوندرو

عیدگاہ ترَوے نماز پَرَوے
سَروے عشقہٕ اَستان سوندرو

حوٗر چھےٚ وَنہٕ وان عالم چھُ رقصاں
شرونہِ دار رونہِ دامان سوندرو

رَسہٕ رَسہٕ وَسہٕ وَے اَستان کھَسہٕ وَے
ڈٲری گنٛڈی وَنہٕ وان سوندرو

سَمہٕ وَے شامن شہرن تہٕ گامَن
بَر بگہٕ عشقہٕ پدمان سوندرو

خوٗنہِ دِل هاران یارس گاران
پڑاران شادرمضان سوندرو



# سیّد بختاوار شاہ سٕندِ ناوٕ

حمد شوبن پاک ذاتس چھے رحیم
تس سِوا چھنہٕ کانٛہہ چھُ سُے ربُ العظیم

چھے محمد مصطفیٰؐ محبوب تس
کرِ خداین پانہٕ تعریف عظمتس

اوس بہہ محرم تہٕ کہہ اوس فروری
زاو بختاوار ہیٚتھ بختاوری

وَق دُپہرُک اوس دوہ بٹوار اُس
زندگانی پانہٕ ژھانڈاں تار اُس

سنہٕ زٕ ساس شےٚ تہٕ سونتک آو آو
زنتہٕ کاجک رَو نَبس پیٚٹھ گِندنہٕ دژاو

موج چھس شبیہٕ اعجاز باوقار
ماجہِ مالیُن سوپرس منز نامدار

مول چھس اعجازِ عالم آفتاب
زنتہٕ آنگن وارِ منز پھوٚلمُت گلاب

شادرمضانس أچھن ہُنٛد گاش چھُکھ
بُڈی بَبس پنٛنس کوٗٹھن ہُنٛد آش چھُکھ

گرٛزھ خدا بوزِن ژٕرے لٲگی نے وأنس میٲنی
میٲنہٕ جگرٕک رتھ تہٕ لٲگی نے دأنی دأنی

مأِلی بُڈی بب خیر اِلدین شاہ نامدار
آرہ پورِ کولگامہٕ ٲسی سُنٛد مرگزار

شٔبن ہتن وٕرٕی ین سُے مسکن چھُ سون
جد اجداد سأنی ٲتی سُے سون کرٛون

کرٛأنی ہانکل سیّدن ہٕتٕھن رلان
سیدِ سمنانؒ جد اَسہِ مہربان

از بسان شہرس اندر یِتٕی روزگار
چھی کرِتھ دأنِش گہس اندر قرار

یا الٰہی مشک ژھٹہِ ناوُن گُلاب
وأنسہِ رٕژھ وَتھ ہأوِنس اُم الکتاب



# قاضی شہوار ءسنٛدِ ناوِ

حمد شوبن پاک ذاتس یُس رحیم
قادرِ مطلق چھُ سُے ربّ کریم

چھے تسُنٛد محبوب محمد مصطفیٰؐ
چھُس لقب لولاک شاہ انبیاءؐ

بانگ دِگرِچ گۓ تہٕ تھنہٕ شہوار پیوٚو
زن گٔژِس منٛز گاش ہیتھ افتاب گوو

سنہٕ زٕ ساس ستھ ستمبر اوس ربتھ
آفتابس زون گۓ شہسوار پیٹھ

اوس ژوداہ شبتھ اٹھووہ جان اوس
عیسوی شتبوہ تہٕ بَہہ رمضان اوس

وار بودوار پوٚز شب بربسوار آس
زندگی گاٗنی پانہٕ ژھانڈان تار آس

موج چھَس میمونہ شاہ اعلیٰ بیاض
مول چھَس اعلیٰ نصب قاضی ریاض

ماجہِ مالٲین پادشاہ سمنانؒ چھَس
سیدن منٛز تھۆد تہٕ اعلیٰ شان چھَس

مول چھَس قاضی قبیلُک ژأنگی گاش
پۆشِ تن شہوار صائبس وأنسہِ آش

قاضی چھِ ویٚجہِ بڑأری قصبکی نامور
پرٛانہِ وقتُک علم و ادبٕک بۆڈ شہر

پرٛانہِ کشمیرُک یہِ مرکزِ نور اوس
گاشہِ ژانگیٚن ہُند رنگا رنگ زۆر اوس

اتھ گہس منٛز باگ شہوار گہہ ژھٹان
یا الٰہی وأنسہِ تھاوُن شادمان





شاد رمضان بوز حض میٲنی سلام
چھِو سوخنوارن اندر شیریں کلام

سانہِ کولگامِیک ژٕ چھُکھ پمپوش ڈل
کُس نہٕ یَس راتس دوہس چھےٚ چاٖنی کل

باغ سمنانسؒ پھوٚلُکھ سونتے گلاب
ناگ ظلماتس وُزان چھُکھ میوٚٹھ آب

یتھ زمینس پھوٚل امارن ہُند انبار
تَتھ زمینس شادرمضان نو بہار

کتیٚ گُل پھوٚلی شاعری ہٕندی گلشنس
رٕج چھےٚ اُنجمٕ گاٹہِ گامس درشنس

کر تہٕ مشہورؔن دعا یا ربّ قبول
شادرمضان شاہ رچھِن پاسِ رسولؐ

عبدالغنی ٹھوکر مشہورؔ





کنٔن منز گُل پھولان اکھ شاد رَمضان
کنڈٕ بن پیٹھ رَتھ ڈلان اکھ شاد رمضان
ونے کیٛاہ کوٚت سوٚن مضمون لیکھُن چھُم
چھُ اچھرن منز پلان اکھ شادرمضان
کران ذٔری چو أژِتھ موٚنہِ سرکی یہِ أنس
چھُ تاپس بُتھ چھلان اکھ شاد رمضان
چھُ ؤتھرن پیٹھ دِوان ژھائیل گہس تَہ
تہٕ زٕژ نظرن ملان اکھ شاد رمضان
گُلبٕ کوٚڈ کاڈ کوچھ پھوٚٹرِ چھےٚ فِضہس
ژھٹَن خوشبوے ولان اکھ شاد رمضان
چھِ کوچھِ منز ویٛشو گلشن آرٕ پورٕ ٹیک
شہر ہٮ۪تھ کوٚت ژلان اکھ شاد رمضان
چھُس ناظرؔ منظرِ وچھمَس سبٹھاہ دوٗر
بہٕ چھُ لفظن مول رچھان اکھ شاد رمضان

ناظر کولگامی





شادرمضان لول رٔژھرِتھ
'کوڑ کاکد گوم پُشرِتھ'

خوشنما چھس شعر سومبرن
گنگراوُن سوٗنتہٕ بوٗمبرن

انتہأیی خوش بیأنی
جاذبِ دِل جاوِ دأنی

فن تہٕ فنکأری بلاغت
مأہرن چشمن طراوت

رِنٛدٕ پیکر شادرمضان
خوش نہاں چھس خاص پہچان

تُرکوی معراج دیدن
شأعرن آماج دیدن

معراج ترکوی





کأشرِ شأعری چھےٚ اکھ بختاوار روایت تہٕ کأشرو چھُ وِزِ وِزِ پنٕنہِ تخلیقی وجوٗد نیشہٕ نووُمت۔ ازتہٕ چھُ سوخن ورن ہُنٛد یہِ کاروان رواں دواں۔ سون أزیُک شأعر تہٕ چھُ پننِس تازٕ بہ تازٕ تخلیقی دُنیاہس منٛز أزِتھ تمیُک حال اوحال ژینان تہٕ باوان تہٕ أزیُک قأری تہٕ چھُ لمہِ سرتازٕ تخلیقی دُنیا ہُک جوہرِ شناس۔

مےٚ چھُ یِمہِ پزرُک احساس زِ زِندگی چھےٚ پُشرَنہٕ آمُت اکھ کورٕ کاکُد، یُس پننہِ ازلٕہ کالہٕ پیٹھٕ پننِس اَنتھِ کالس تام پٔری پٔری اَپوٗرتہٕ لیٚکھی لیٚکھی اڈلیوٚک روٗدتہٕ روزِ۔ شأعری چھےٚ انسأنی زِندگی ہنٛدِ اَمی بےٚ سوٗکھ صوٗرتِ حالُک آدٕمی وبدا اکھ۔ یوٚہےَ احساس چھُ میانہِ تخلیقی سفرُک پوٚت منظر تہٕ پیش منظر تہٕ دردِس سوٚمبرن چھےٚ اَمی تخلیقی سفرُک بُدس پوٚدا آکھ۔

# KORE KAKUD GOME PUSHRITH

Shad Ramzan

Jamee Ansari